# نورٕ پرتو






کأشر ترجمہ

محمد حیات عامر حسینی

کینہہ سورہ شریف
شش کلمہ درود پاک وغیرہ

# نورِ پرَتو

## پارہ عم

کینہہ سورہ شریف

ششں کلمہ درود پاک وغیرہ

کأشر ترجمہ

محمد حیات عامر حسینی

(یہِ پوشہٕ گوند چھاپنُک انتظام کورمیانہِ شریکِ حیات آمنہ حسینی پنہِ نِس مامس خضر صأبنہِ بلندیٔ دَرجات خأطرٕ ہ)




| | |
|---|---|
| نام کتاب: | نورٕ پرتو |
| | ترجمہ پارہ عم (کینہہ سورہ شریف وشش کلمہ وغیرہ) |
| وری: | 2020 |
| مترجمہ: | محمد حیات عامر حسینی |
| تعداد: | 200 |
| ہدیہ: | اَکھ ہتھ ترٕ کاہ رۄپیہ |
| مطبع: | |
| صفحات: | |
| کمپوزنگ: | بشیر احمد |
| تزئین: | ضمیر احمد |
| تقسیم کار: | بٹ پبلشرز باندی پورہ کشمیر |
| | کتاب گھر، لال چوک سرینگر |
| | اشرف بک ڈیپو، گاؤکدل سرینگر |

# ﴾انتساب﴿

## بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

## رَبِ ارحَمھُمَا کَمَا رَبیانی صَغِیرا

یہِ سیاہ کارچھُ یہِ تبرک ڈٲلی سۆزان پننس عظیم المرتبت بَبَس تہٕ ماجہِ یہندِ رُوح تہٕ روٗئے توحید، محبتِ نبیؐ تہٕ درُودَن ہندِ نورٕ سیٹھ گہان اوٗس۔

خدائے کریم کرِن تمن اَعلیٰ علیینَس منٛز حضرت نبی صلی اللہ علیہ وَسلمن ہنٛدٮ۪ن قدمِ پاکن منٛز تہٕ حضرت زہراؑ سنٛزِ عرش ژٲدر ہندِس سایس تل جائے۔آمین

## بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

شرۆع چھُس کران خوداصأب نٕہِ پاک ناوٕسیتۍ یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رَحم کرَن وول چھُ

## سبحنک ما شکرناک حق شکرک

اَے تمام کبریائی ہندِ مالک خدایہِ، اے تمام زُوزأ ژن پأدہ کرَن والہِ، رَچھن وَالہ، لطف وَ کرمک سایہِ کرن وَالہ، چانین نعمژَن چھا کانہہ اَند، چأنۍ سارِٕی کھوتہٕ بڑۍ نعمت تہٕ رحمت چھَ ذاتِ اَقدس رِسالتماب ختمی مرتبت حضرت خاتم الانبیاء والمرسلین احمد مجتبیٰ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم، یُس ہدایتک أخری تہِ مکمل محور تہِ منبع چھُ۔ أسۍ چھِ سیٹھاہ ناشکر، سیاہ کار تہٕ خائن، مگر سأنۍ گنہہ تہٕ چأنی رحمت، یہِ مقابلہ چھا ممکن۔ بخشن ہارٕہ کرتہٕ بخشش چأنس عظمتس کیا گژِھ کم۔ تہٕ پنُن محبوب تہٕ میانٕن أچھن ہۄ ندگاش، کوٗٹھن ہۄ ند ہوش، جگر گوش مۄن نبی ﷺ کرتن اَسہِ رأضی تہٕ اَسہ دِتہٕ سبز وَ تہ پٹھ پکنک توٗفیق، تہٕ ہاوتہٕ آزأدی، اسلام تہٕ میچھن تہٕ اعلیٰ قدرَن تہٕ میٹھی وَرتاوُک بہار، مہٕ لاعلمہٕ سنٛزٕ یہِ کوشش کرتہٕ قبول تہٕ یہِ بناوٕتن سانہِ خأطرٕ ہ پنُن پیغام رحمت سمجھنُک ذریعہ۔ سانٕن شرٕن، ماجین، بٕنٕن، بڑٕن تہٕ جوانٕن منٛزٕ وزٕ ہ ناوتہٕ نبی صأبن لول تہٕ تہندٕن قدمٕ نازَن ہنز ژھاین پتہٕ پتہٕ پکٕہ نک کرتکھ توفیق عطا۔ آمین

والسلام علی من التبع الھدیٰ

محمد حیات عامر حسینی

(غلام غلامان محمد ﷺ و آلِ محمد ﷺ)

علی گڑھ، ۱۳ محرم الحرام، ۱۴۴۲ ہجری، بمطابق ۳ ستمبر ۲۰۲۰ عیسوی

# ﴿ترتیب﴾

☆ سورۃالکوثر

☆ سورۃالماعون

☆ سورۃالقریش

☆ سورۃالفیل

☆ سورۃالھمز ہ

☆ سورۃالعصر

☆ سورۃالتکاثر

☆ سورۃالقارعہ

☆ سورۃوالعٰدیٰت

☆ سورۃالزلزال

☆ سورۃالبینہ

☆ سورۃالقدر

☆ سورۃالعلق

☆ سورۃالتین

☆ سورۃالانشراح

☆ سورۃالضحیٰ

☆ سورۃالالیل

☆ سورۃالنباء

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیم.
شروع چھُس کران خداصاًبنہٕ پاک ناوٕ سٟتۍ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

## ﴾اول کلمہ طیب﴿

پاک کتھ تہٕ پاک کرن واجیٚنۍ کتھ

**لاَاِلٰہَ اِلاَ اللہُ مُحَمدُ رَسُولُ الله**

چھُنہٕ کانٛہہ خداتَس پٔزِس خوداییس ورأے عبادتس تہٕ بندگی لایق۔ٹوٹھ نبی حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم چھُ تسنٛز شیچھ انَن وول

## ﴾دوم کلمہ شھادت﴿

گوأ ہی ہنٛز پاک کتھ

**اَشْھَدُاَنْ لَااِلٰہَ اِلاَ اللّٰہُ وَحْدَہٗ لَا شَرِیْکَ لَہٗ**

ئہ چھُس گوأ ہی دِوان زِ چھُنہٕ کانٛہہ خوداتَس پٔزِس تہٕ بےٚ مثل تہٕ یکتا خوداییس ورأے عبادتس تہٕ بندگی لایق۔سُہ چھُ کُن تہٕ تس چھُنہٕ کانٛہہ شریک(نَہ ذاتس منٛز نہ صفاتن منٛز،نَہ اختیارن منٛز تہٕ نہ حقَن منٛز )

**وَاَشْھَدُاَنَّ مُحَمَداً عَبْدُہٗ وَرَسُوْلُہٗ**

بیٚیہ چھُس ئہ ییٚمہِ کتھِ ہنٛز گوأ ہی دِوان زِ ٹوٹھ نبی حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم چھُ تسُنٛد خاص بندٕ تہٕ رسوٗل (یعنی تسنٛز شیچھ انَن وول)

## ﴿سوم کلمہ تمجید﴾

خوداصأب  تہِ ثنائچی پاک کتھ

**سُبۡحَانُ اَللّٰہِ**

مُنزہ تۂ پاک چھےٚ خوداےقدوُس سٕنٛز ذات، پرٚتھ عأبہٕ، نُقصہٕ، کُمی تۂ

**وَالۡحَمۡدُ لِلّٰہِ**

مجبوٗری نِشہِ ۔بیٚیہٕ شوٗبن سأری ثناتۂ تعریف تٔسی عظمت وأ لِس بیٚیہٕ چھُنہ

**وَلاَ اِلٰہَ اِلاَاللّٰہُ**

کانٛہہ خوداتٔس ؤرِس خوداَیس ورأےعبادتس تۂ بندگی لایق ،بیٚیہٕ چھُنہٕ تس

**وَاَللّٰہُ اَکۡبَرُ وَلاَ حَوۡلَ وَلاَقُوَۃَ اِلاَ بِاللّٰہِ الۡعَلِیُ الۡعَظِیۡم**

ورأےکانٛہہ تھوٚدتۂ بوٚڈچھُنہٕ کانٛسہِ گناہَو نِشہِ محفوٗظ روزنٕک تۂ رٕژ کامہ کرنٕک طاقت مگرتس یَس سٕہ عظمتہٕ وول خداتوفیق عطاکرِ یُس سبٕھاہ تھوٚد تۂ بوٚڈ چھُ ۔

## ﴿چھارم کلمہ توحید﴾

خودایہٕ سٕنٛدی بےٚمثل وحدتچی پاک کتھ

**لَااِلٰہَ اِلَا اللّٰہُ**

چھُنہٕ کانٛہہ خوداتٔس ؤرِس تۂ عظمت وأ لِس خدالیس ورأےعبادتس تۂ بندگی

**وَحۡدَہٗ لَاشَرِیۡکَ لَہٗ**

لایق ۔ یُس کُن چھُ تہٕ یس ہیُو کانْہہ چھُنہٕ ۔ تَس چھُنہٕ کانْہہ شریک (نہٕ

**لَهُ الْمُلْک**

ذاتس منز ،نہٕ صفاتن منز ،نہٕ اختیاراتن منز نہٕ حقن منز ) سُے چھُ بادشاہ تہٕ

**وَلَهُ الْحَمْد**

کاینالس پیٹھ چھےٚ تسنزٕ ے حکومت تہٕ اقتدار ۔ تہٕ سأری حمد تہٕ ثناشوٗبَن

**يُحْيِیُ وَيَمِيْتُ وَهُوَ حَیٌّ**

تٔسی ۔ سُے چھُ زندگی عطا کران ،سُے چھُ مارَن وول تہٕ سُہ چھُ ہمیشہٕ ہمیشہٕ

**لَايَمُوْتُ اَبَدًا اَبَدا ذُوالْجَلَالِ وَالْاِكْرَام**

زندٕ تہٕ سُہ مَرِ نہٕ زانْہہ ،تھٔدی شانہٕ وول تہٕ تھز رُک ،بجرُک تہٕ عزتُک

**بِيَدِهِ الْخَيْر ، وَهُوَ عَلٰی كَلِّ شَئِیٍ قَدِيْر .**

مأ لِک ،سورُے رٔژر چھُ تسٕندِ سے دستِ قو درتس منز تہٕ بےٚ شک چھِ تس ذر

ذراتس پیٹھ قو درت حأصل ۔

# ﴿پنجم کلمه استغفار﴾

توبہٕ کرنچ پاک کتھ

**اَسْتَغْفِرُ اللّٰهَ رَبِّی**

بہٕ چھُس توبہٕ کران ،مغفرت تہٕ بخشأیش منگان ،پننہٕ نس پۄزس خودایس یُس

**مِنْ كُلِّ ذَنْبٍ اَذْنَبْتُه عَمَدًا اَوْخَطًّا سِرًّا اَوْاَعْلَانِيَّةً**

میٛون پالن ہار چھُ ۔تمام گوناہو نشہِ، یم مےٚ زاٗنتھ مائٔنتھ کٔری، یا وشفن گاٗم ژۄٚ رِژھیٚپہ کٔرم یانٚی پاٗٹھی کٔرم۔

**وَاَتُوْبُ اِلَيْهِ مِنَ الذَّنْبِ الَّذِی**

تہٕ تٔسی کُن چھُس رجوٗع کران تہٕ توبہٕ چھُس کران تمام گوناہو نشہِ

**اَعْلُمُ وَمِنَ الذَّنْبِ الَّذِیْ لَا اَعْلَمُ**

،یمَن ہنٛز مےٚ خبر چھےٚ تہٕ یمَن ہنٛز مےٚ خبر چھےٚ نہٕ ۔(یُہُنٛد مےٚ عِلم چھُنہٕ )

**اِنَّکَ اَنْتَ عَلَّامُ الْغُيُوْب**

(اے میانہِ عظمت والہِ بخشن ہارروبہٕ )بےٚ شک چھُکھ ژٕ غاًب زانن

**وَسَتَارُ الْعَيُوْبِ وَغَفَّارُ الذُّنُوْبِ**

وول،عاًبن پردٕ کرن وول تہٕ گوناہ بخشن وول،

**وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ الْعَلِی الْعَظِيْمِ.**

بیٛیہٕ چھُنہٕ کانٛسہِ گونہو (تہٕ بیٛچھ کامو ) نشہِ محفوظ روزنُک طاقت،تہٕ رٕژ کامہِ کرٕنٛچ قوت مگر تَس یَس سہٕ پاک تہٕ مُنزہ خدا توفیق بخشہِ۔بےٚ شک چھُ سہٕ سبٛھاہ تھوٚد،بوٚڈ تہٕ عظمتہٕ وول خدا۔

## شَشم کلمہ ردِ کُفر

کُفر ردکرنٛچ پاک کتھ

**اَللّٰھُمَّ اِنِیْ اَعُوْذُبِکَ**

اے میانہِ عظمتہٕ والہِ پاک تہٕ مُنزٕہ خوداییہ ۔ بہٕ چھُسَے ژٕ ے پناہ
مِنْ اَنّ اُشرِکَ بِکَ شَیْئاً وَاَنَا اَعْلَمُ بِہٖ
منگان، ژٕ ے ستیٖ کانٛہہ تہٕ چیز چون شریک زاننہٕ نِشہِ زٕ أنتھ مانتھ ییٚمہٕ چھُس
وَاَسْتَغْفِرُکَ لِمَالاَ اَعْلَمُ
توبہ کران، بخشأیش منگان تمہِ شرکہٕ نِشہِ ییٚمُیک نہٕ مےٚ عِلمے چھُ، بہٕ چھُس
بِہٖ تُبْتُ عَنْہُ وَتَبَرَاتُ
توبہٕ کران اَمہِ نِشہِ ۔ تہٕ بہٕ چھُس توبہ کران بخشأیش تہٕ آزأدی تہٕ حفاظت
مِنَّ الْکُفْرِ
منگان کفرٕ نِشہِ (یعنی ژٕ ے تہ چأنس فرمانس تہٕ حکمس انکار کرنہٕ نِشہِ )
وَالْشِرکِ
ژٕ ے کانٛہہ شریک زاننہٕ نِشہِ (چأنس پاک ذاتس منٛز، چانٛین صفاتن منٛز،
چانٛین اختیاراتن منٛز تہٕ چانٛین حقن منٛز )
وَالْکَذبِ وَالْغِیْبَۃِ وَالْبِدْعَۃِ
ییٚمہٕ اَپُز نِشہِ، ییٚمہِ غأبتھ تہٕ غأبتھ کرنہٕ نِشہِ، ییٚمہِ بدعتو نِشہِ، (یعنے دینس منٛز نٔوی
وَالْنَمِیْمَۃِ وَالْفَوَاحِشِ
نٔوی طوطمہٕ پأدٕ کرنہٕ نِشہِ ۔) ییٚمہِ چغُل خوری نِشہِ ۔ ییٚمہٕ بےٚ حیأیی تہٕ ییچھ کامو
وَالْبُھْتَانِ وَالْمَعَاصِیْ کُلِّھَا
نِشہِ، ییٚمہِ کأنسہِ بُہتان (ہانٛژ) گنڈنہٕ نِشہِ، ییٚمہِ تمام گوناہو تہٕ ییچھ کامو نِشہِ

**وَاَسۡلَمۡتُ وَاَقُوۡلُ**

بٔیہِ کرُم (وَ ژِھ ِ وانجِہ) قبوٗل تہٕ چھُس یقرارکران تہٕ ونان زِ چھُنہٕ کانٛہہ

**لَا اِلٰهَ اِلاَّ اللّٰهُ مُحَمَّدُ رَسُوۡلُ اللّٰه**

خوٗ داتَس پٔزِس خوٗدایَس ورأے عبادتس تہٕ بندگی لایق۔ ٹوٗٹھ نبی حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم چھُ تَسُند پوٚز شُچھ انَن وول

# ﴿ایمان مفصل﴾

**اٰمَنۡتُ بِاللّٰهِ**

مےٚ اوٗن ایمان (مےٚ مون بےَ چوٗں وچرا کُنہِ شکہٕ ورأے یژھِ تہٕ پَژھِ سان تہٕ دِلہٕ تہٕ دمٲغہٕ کہ اطمینان تہٕ یقینہٕ سان) تَس پٔزِس تہٕ کُنِس عظمت

**وَمَلٰئِكَتِهٖ وَكُتُبِهٖ**

وٲلِس خوٗدائے قدوٗسس پٮ۪ٹھ، بٔیہِ تٔسندٮ۪ن فرشتن پٮ۪ٹھ، بٔیہِ تٔسنٛزن سوزمٕژن

**وَرُسُلِهٖ**

کتابن پٮ۪ٹھ، بٔیہِ تٔسندٮ۪ن (گوٗناہو تہٕ خطاہوٚ نِش پاک) رسوٗلن (یعنے شُچھ

**وَالۡيَوۡمِ الۡاٰخِرِ**

اَنَن والٮ۪ن) پٮ۪ٹھ بٔیہِ آخرت کِس دوٚہس پٮ۪ٹھ (یٚیمہِ دوٚہہ عملن ہُنٛد حساب

**وَالۡقَدۡرِ خَيۡرِهٖ وَشَرِّهٖ**

یِیہِ ہٮ۪نہٕ تہٕ جنت تہٕ جہنم یِن بھرنہٕ) بٔیہِ تٔسندِس لیٚکھ مٕتِس خٲرِس تہٕ شرَس

**مِنَّ اللّٰہ تَعَالیٰ وَالْبَعْثُ بَعدَ الْمَوْت**

پیٹھ ،بیّیہِ مرنۂ پتۂ دُبارِ زندِ گرِشھنَس پیٹھ (دآیمی زندگی پیٹھ )

## ﴿ایمان مجمل﴾

**اٰمنتُ بِاللّٰہِ**

مّے اوݩ ایمان (موݩم تۂ زوݩم وَ ژِھِہ وانْجِہ کُنہِ شکۂ تۂ درنگی ورآ ے )عظمت وآلس (وآ حدیکتاتۂ

**کَمَا ھُوَ بِاَسْمآئِہٖ**

بّے مثل )خو داصآ ئبس پیٹھ ،یتھ سہ چھُ ،بیّیہِ تسِنٛد ٚن (پاک )ناون پیٹھ ،بیّیہِ تسِنٛد ٚن (عظمت والین )

**وَصِفَآتِہٖ وَقَبِلْتُ جَمِیْعَ اَحْکَامِہٖ اِقْرَارُ بِاللِّسَانِ وَ**

صفتن پیٹھ بیّیہِ مآ نم تۂ کرِم قبوٗل وَ ژِھِہ وانْجِہ تسِنٛدی سآ ری حکم ۔یقرار کوٚ رم زِ یوٚ ستی تۂ

**تَصْدِیْقُ بِالْقَلْبِ**

موݩم (وژِھِہ وانْجِہ )دِلہِ سان

## ﴿دُعا﴾

**رَبِّ اجْعَلْنِیْ مُقِیْمَ الصَّلوٰۃِ**

اے میٛانہِ پالنہار ( عظمت والہِ خدایہِ ) مےٚ بناوتہٕ نماز قایم کرن والوٚ منٛز

وَمِنْ ذُرِّیَّتِیْ

بێیہِ بناوتگھ میٛأنی اولاد تہ

رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَاءِ

اے سانہِ رچھن والہِ خدایہِ کریمہٕ سون منگُن تھاوتہٕ قبوٗل ۔ اے سانہِ

رَبَّنَا اغْفِرْلِیْ

( عظمت والہِ پردٕ پوش ) رچھَن والہِ خوٗدایہِ ، مےٚ کرتہٕ بخشائیش بێیہِ کرتہ

وَلِوَالِدَیَّ وَلِلْمُؤْمِنِیْنَ یَوْمَ یَقُوْمُ الْحِسَاب

درگذر میٛأنس بَبَس تہٕ ماجہِ ، بێیہِ سارنٕے ایمانہٕ والین

یێمہِ دوٗہہ ژٕ حساب ہیٛکھ ۔

## دعاے قنوت

اَللّٰھُمَّ اِنَاْ نَسْتَعِیْنُکَ

اے سانہِ عظمت والہِ پاک تہٕ مُنٛزَہ خدایہِ کریمہٕ أسی چھی ژےٚ مدد منگان

وَنَسْتَغْفِرُکَ

بێیہِ چھِ تمام گوٗناہن پٮ۪ٹھ شرمندٕ تہٕ نأدم تہٕ توبہٕ چھِ کران تہٕ معأفی

وَنُوٴ مِنُ بِکَ

منگان ۔ بێیہِ چھِ ایمان اَنان چأنس ذاتِ کریمس پٮ۪ٹھ ، بێیہِ چھِ ژےٚ پٮ۪ٹھ

**وَنَتوَکَّلُ عَلَیْکَ وَنُثْنِیْ عَلَیْکَ الْخَیْرِ وَنَشْکُرُکَ**

بھروسہٕ کران، بیٚیہِ چھِ چاٮ۪ن حمدتہٕ ثنا کران، بیٚیہِ چھِنہٕ چاٮ۪ن ناشکری

**وَلَانَکْفُرُکَ**

کران تہٕ بیٚیہِ چھِنہٕ انکار کران (چاٮ۪نس ذاتِ بابرکاتس، چانین صفاتن

**وَنَخْلَعُ وَنَتْرُکَ مَنْ یَّفْجُرُکَ**

اختیاراتن، حقن تہٕ احکامتن) بیٚیہِ چھِن تراوان تہٕ دوٗر چھِ گژھان تس

**اَللّٰھُمَّ اِیَّاکَ نَعْبُدُوَلَکَ**

کاٮ۪نسہِ نِش یُس چون نافرمان آسہِ۔ اے سانہِ عظمت والہِ پالَن ہار

خودایہ۔ اَسی چھِ چاٮ۪ن عبادت تہٕ بندگی کران، بیٚیہِ چھِ چاٮ۪ن (رضاخاطرٕ)

**نُصَلِیْ وَنَسْجُدُ وَاِلَیْکَ نَسْعٰی وَنَحْفِدُ وَنَرجُوْ ارَحْمَتَکَ**

نماز پران، بیٚیہِ چھی ژےٚ سجدٕ کران تہٕ ژےٚ کُن چھِ دَوان تہٕ دوران تہٕ چاٮ۪نس

عظمت واٮ۪لس دربارس منز حاضر سپدان، بیٚیہِ چھِ اَسی چاٮ۪نی رحمتکۍ امیدوار،

**وَنَخشیٰ عَذَابَکَ اِنَّ عَذَابَکَ بِالْکُفّٰرِ مُلْحِق**

بیٚیہِ چھِ اَسی چاٮ۪نس عذابس سخ کھوژان۔ سُہ عذاب یُس یقیناً کاٗفرن ہنٛدِ

خاطرٕ چھ۔

## ﴿درودِ ابراہیمؑ﴾

**اَللّٰھُمَّ صَلِ عَلٰی مُحَمَّدٍ وعَلیٰ اٰلِ مُحَمَّدٍ**

اے سانہِ (عظمتہٕ والہِ پژی) خودایہ رحمت کرناٮ۪زِل ساٮ۪نس آغہٕ حضرت احمد

مجتبیٰ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہِ وسلمن ہِنِدِس ذات اقدسس تۃِ بیّیہِ تِہِنِدِس پاک

**کَمَا صَلَّیْتَ**

آلس (شُر ہن بأ ژن) پپٹھ یتھ کنن ژٔے رحمت گُرِتھ نأزل (تِہِنِدس جد

**عَلیٰ اِبْرَاهِیْمَ وعَلٰی اٰلِ اِبْرَاهِیْمَ**

پاک) حضرت ابراہیم علیہ السلام بیّیہِ تِہِنِدس پاک آلس (شُر ین بأ ژن)

**اِنَّکَ حَمِیْدٌ مَجِیْد**

پپٹھ بے شک شوبہِ نَے ژٔے تمام حمد تۃِ ثنا۔ اے تھدِ شانہِ تۃِ عزتۃِ والہِ خودایہِ



**اَللّٰهُمَّ بَارِک**

اے سانہِ (عظمت والہِ لاشریک پاک تۃِ مُنْزَہ) خودایہِ کریمہِ، برکت

**عَلیٰ مُحَمَّد**

کرتۃِ نأزِل سأنِس آغہِ (آخری نبی تۃِ رسولؐ) حضرت احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ

**وعَلیٰ اٰلِ مُحَمَّدٍ**

صلی اللہ علیہِ وسلمَن ہِنِدِس ذات اقدسس پپٹھ، بیّیہِ تِہِنِدِس پاک آلس

**کَمَا بَارَکْتَ**

(شُر ہن بأ ژن) پپٹھ، یتھ کٔنژ ژٔے برکت گُرِتھ نأزل تِہِنِدِس (پایہِ بڑِس جدِ امجد)

**عَلیٰ اِبْرَاهِیْمَ وعَلیٰ اٰلِ اِبْرَاهِیْمَ**

حضرت ابراہیم علیہ السلام بیّیہِ تِہِنِدس پاک آلس (شُر ہن بأ ژن) پپٹھ

اِنَکَ حَمِیْدٌ مَّجِیْدُ

بےٚ شک شوٗ ب نَے ژٕ ے تمام تعریف تہٕ حمد وثنا۔اے تھَدِ شانہٕ تہٕ عزتہٕ والہِ خدایہ

اَللّٰھُمَّ صَلِّ عَلٰی سَیِّدِنَا مُحَمَّدٍ

اَے سانہِ (عظمت والہِ ربِ کریمٕ ناٗزِل کرتہٕ بے پناہ رَحمت تہٕ دُرودوَسلام سأنس سردارتہٕ آغہٕ شافع محشر حضرت اَحمد مجتبٰی محمد مصطفٰے صلی اللہ علیہ وَسلمن ہندس ذاتِ اَقدس پیٹھ

طِبِ الْقُلُوبِ وَ دَوَآئِہَا وَ نوْرِ الْاَبْصَارِوَضِیَآئِہَا

یُس دِلن ہندعلاج تہٕ دواچھُ بیہِ یُس چشمن ہندنورتہٕ گاش چھ

وَ صِحَّۃَ الْاَبْدَانِ وَشِفَآئِہَا

بیہِ یُس بدنن ہندصحت تہٕ شفا کاٗمل چھُ۔

# ذکرِ ولی

حضرت پیر مولوی مولانا غلام حسن شاہ المعروف حسن اعرج ابن غلام قادر شاہ صأبن تعلق چھُ مورِخ کشمیر پیر حسن شاہ کھویہِ ہأمی تہٕ کأشیرِ ہٕنٛدِس سارؠ ے کھوتہٕ باگہِ برُٛت نعت گوشأعر عبدالاحد نأدم صأب نِس خاندانس ستۍ یُس پاپہٕ چھَن چہِ بُستی ازتہِ آباد تھأوِتھ چھُ۔

حضرت حسن صأب أسی میأنی اُستاد۔ مےٚ چھُ تِہنٛدِس دامنس تھپھ کرنُک تہٕ قدمن منٛز بہنُک شرف حأصل۔ ئہٕ اوسُس سبٕٹھاہ لوکُٹ ژھؤ رمہِ پؠ ژمہِ جمأژ پرٚان۔ بابہٕ صأب اوس مےٚ صُبحأے کولسہٕ پٕژھہٕ پاپہٕ چھَن یمَن نِش قرآن پاک تہٕ عربی پرٕنہِ خأطرٕ سوزان۔ ئہٕ اوسُس بلا ناغہ تربیت خأطرٕ یِہنٛدِس دربار عأ لی لیس منٛز حأضر گژھان۔ مےٚ چھُ تِہنٛدِس فرزند ارجمند جناب شبیر صأبس نِش تہٕ پؠ رمُت یِیلہِ تم درسگاہ اسلامی کلوسہس منٛز استاد أسی۔ ییٚمُک نأظم میٛون بابہٕ صأب اوس۔

حضرت شاہ صأب أسی پرناونہٕ وِزِ تعوذ، تسمیہ، کلمہ طیبہ، کلمہ شہادت، کلمہ تمجید، تہٕ الحمد شریف گوڈٕ پرناوان تہٕ یمَن ہُنٛد معنی بیان فرماوان۔ یہِ چھُ سبٕٹھا مولُل، رسیٚل تہٕ میٛوٹھ تہٕ دِلس روشن کرُن ترجمہٕ۔ مےٚ ہیٚوت یہِ ترجمہٕ محترم استاد شبیر صأبس تہٕ تِہنٛدِ اجازتہٕ کوٚرُم چھاپ۔ شش کلمہٕ تہٕ درؤد شریفن ہُنٛد یُس ترجمہٕ مےٚ کوٚر۔ ئہٕ چھُس

پننس استادکامل سُند یہِ ترجمہِ أتھی سأتی تیرُ کاشأمل کران ۔تا کہ تمس ؤ لی کأمل ہنز عطا کرہ بہِ نعمت عظمیٰ روزِ محفوظ تہِ روزِ لولہِ والین تشنہِ روٗحن تۄ لیش ہومراوان تہِ چشمن گاشہِ راوان ۔

اعوذُ: پناہ چھُس منگان خداصأبس کُڈی متس شیطان سُند بوتکلیفو تہِ تلواسونشہِ

بسم اللہ: پرِ ہتھ کانہہ کأم چھُس کران ہتھ نام پاک خداصأبُن یُس سبٹھاہ رحم کرن وول چھُ زُوزأ ژن تہِ پژھہِ والین

الحمد: سأری تعریف شوبن سارِنے ہنزِ زیٚو پرِ ہتھ وقتہِ خدا صأبس یُس جہانن تہِ جہانہِ والین ہُند رَچھن وول چھُ ۔

الرحمان: سبٹھاہ رحم کرن وول زوزأ ژن پیٹھ ۔

الرحیم: سبٹھاہ رحم کرن وول پژھہِ والین پیٹھ ۔

مالک: اختیار وول چھُ مزٕ ری دِنہِ کہِ دہ ہہ۔

ایاک: ژےٚ یوت چھِ أسی بندگی کران ۔

وایاک: بیٚیہِ چھی أسی ژےٚ یوت مدد منگان ۔

اھدنا: ہاوتہِ اسہِ سیٚز وَتھ

صراط: تمَن لۄکن ہنز وتھ یمَن پیٹھ ژےٚ انعام چھُے کوٚرمُت ۔

والضالین: بیٚیہِ چھِنہِ تم وتہِ ڈٕلی متی ۔

آمین: سأنی عرضی کرقبوٗل ۔

## کلمہ طیب

لا الٰہ الا اللہ محمد رسول اللہ ﷺ

وارِ پاک کرِونی کتھ زمینن تہٕ آسمانن تہٕ دِلن منز۔ چھُنہٕ کہنی خدا یُسنٛد حکم مانٛتھ ہیکِو سواے خداصأب تیمی زمین آسمان بیٚیہِ یہِ تتھ منز چھُ پأدٕ کوٚر۔ محمدؐ صأب چھ خداصأبنی شٲہِچھ انن وول

**سبوحٌ قدوسٌ ربنا ورب الملئِکة والروح**

سبٹھاہ سبٹھاہ پاک چھُ سون رچھن وول بیٚیہِ ملکن ہُنٛد بیٚیہِ روٗحن ہُنٛد

**حسبی ربی جل الله نور محمد صلی الله**

**مافی قلبی غیر الله لااِلٰہ الا الله**

کأفی چھُ مےٚ پنُن رچھن وول بوٚڈ تہٕ بزرگ خداصأب۔ نوٗر چھ محمد صأب، رحمت سوٗ زٕنس خداصأب۔ چھُنہٕ میأنس دِلس منز کہنی چیز خداصأبس بغأر ،چھُنہٕ کانٛہہ خداصأبس بغأرِ خدا۔

## سورہ الفاتحہ

(یہِ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع۔ ۷ آیات)

**بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِیۡم**

شروٗع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستی یُس سبٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

**اَلۡحَمۡدُ للّٰہِ رَبِّ الۡعَالَمِیۡنِ**

سأری ثناتہٕ تعریف چھِ تَس عظمت وأ لس خداصأ بس یُس کُل جہانن ہۄ ند

**الرَّحۡمنِ الرَّحِیۡم**

پالَن ہار چھُ ۔ یُس سبٹھاہ بخشن ہار، رحم کرن وول تہٕ مہربان چھ

**مَالِکِ یوۡمِ الدِّیۡنُ**

یُس روزِ جزا ہُک مأ لک چھُ ۔

**اِیَّاکَ نَعۡبُدُ و اِیَّاکَ نَسۡتَعِیۡن**

(اے سانہِ روٕبہٕ )أسی چھِ چأنی عبادت کران تہٕ ژٕے چھی مدد منگان

**اِھدِنَـــا الصِّرَاطَ المُستَقِیۡم**

اَسہِ ہاوتہٕ سۄز وَتھ

**صِرَاطَ الَّذِیۡنَ أَنعَمتَ عَلَیۡھِمُ**

تِہنٛز وتھ یِمَن ژٕے انعام عطا کۄرتھ (یعنی رأضی گوٚ کھ )

**غَیۡرِ المَغۡضُوبِ عَلَیۡھِمُ وَلاَ الضَّالِّیۡنَ O اٰمین**

تہٕ تِہنٛز وَتھ ہأوی زِنہٕ یِمَن ژٕ ژٕکھی گوکھ، تہٕ یِم وتہِ ڈٕلی تہٕ گمراہ سپدی (اے سانہِ روٕبہٕ )سون منگُن تھاوتہٕ قبوٗل

# ﴿سورة البقرة﴾

## ( گوڈنٕیک رکوٗع )

### بِسمِ اللهِ الرَّحمنِ الرَّحِیُم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستیٚ یُس سٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

### الم (1)

(یم چھِ حروف مقطعات یمن ہُنٛد معنی صرف خداصأب تہٕ تسُنٛد ٹوٹھ نبیؐ زانہِ )

### ذٰلِکَ الْکِتَابُ لا رَیْبَ فِیْہِ

یہِ چھٚے سو کتاب یتھ منٛز کانٛہہ شک چھُنہٕ ۔(زِ یہِ چھٚے خدا صأبنٛز سوٗ زمٕژ پٕز کتاب ہِدایت )

### ھُدًی لِّلْمُتَّقِیْنَ (2)

یہِ چھٚے سیٚز وَتھ ہاوَن واجیٚنٛز تہٕ ہدایت کرن واجیٚنٛز کتاب۔خدا صأبس کھوژن والین تہٕ پٔنُن پان کاتہِ رٹُن

### الَّذِیْنَ یُؤْمِنُونَ بِالْغَیْبِ وَیُقِیْمُونَ الصَّلاۃَ

والین ہِنٛدِ خأطرٕ یمَن یژھ تہٕ پژھ چھٚے غأبس پیٹھ بیٚیہٕ یم نماز چھِ قأیم

### وَمِمَّا رَزَقْنَاھُمْ یُنفِقُونَ (3)

کران،بیٚیہِ چھِ خرچ کران تہٕ بأ گراوان تمہِ رزقہٕ منٛزٕ یُس اَسہِ تمَن عطا

وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُونَ بِمَا أُنزِلَ إِلَيْكَ

کۄ ربیٚہِ تِم لۄکھ یِم تِتھ پٔٹھ ایمان چھِ انان یِہ کیٚنٛژھا اَسہِ تۄہہِ پٔٹھ نٲزل

وَمَا أُنزِلَ مِن قَبْلِكَ وَبِالآخِرَةِ هُمْ يُوقِنُونَ(4)

کۄر ،بیٚیہِ کۄر نٲزل تۄہہِ بروٛنٹھ مبٔن پیٛغمبرن پٔٹھ ،بیٚیہِ یِمَن یَژھ تہٕ پٔژھ چھےٚ آخرتس پٔٹھ

أُولَـئِكَ عَلَى هُدًى مِّن رَّبِّهِمْ

تِمَے لۄکھ چھِ ہدایتس (سیٚزِ وَتہِ )پٔٹھ یُس مٲلکہِ کاینانتن سۄز (تہٕ ہوو) تہِ

وَأُوْلَـئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ (5)

تِمَے چھِ کامیاب تہٕ سرخرو۔

إِنَّ الَّـذِيْـنَ كَـفَـرُواْ سَـوَاءٌ عَـلَيْهِـمْ أَأَنـذَرْتَهُـمْ أَمْ لَمْ تُنذِرْهُمْ لاَ يُؤْمِنُونَ (6)

بےٚ شک یِمَو لۄکو انکار کۄر پزٕر نِشہِ ،تِمَن چھِ ہِشی کتھاہ، چاہے تُہۍ تِم روہبہٕ سِنٛدِ عذابہٕ نِشہِ کھوژنٲوِی تۄ کھ یا نہٕ کھوژنٲوِی تۄ کھ۔تِم اَنَن نہٕ ایمان۔

خَتَمَ اللّهُ عَلَى قُلُوبِهمْ وَعَلَى سَمْعِهِمْ وَعَلَى أَبْصَارِهِمْ غِشَاوَةٌ

خداصأبن ٲرمو ہر تِہنٛد ٮ۪ن دِلَن پٔٹھ ،کنن پٔٹھ تہٕ تِہنٛزن اَچھن پٔٹھ چھُ

وَلَهُمْ عَذَابٌ عظِيْمٌ (7)

پردٕ پیومُت ۔بےٚ شک چھُ تِہنٛدِ خاطرٕ سخٹھاہ بۄڈ دوٲنا کھ عذاب یعنی دوزخُن نار

# ﴿سورہ بقرہ﴾

## آخری آیات

**بِسمِ اللّٰہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیمِ**

شروع چھُس کران خداصآبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سبٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

**لِّلَّہِ ما فِیْ السَّمَاواتِ وَمَا فِیْ الأَرْضِ**

یہِ کینٛژھا آسمانن تہٕ زمینس منٛز چھُ سُہ سورُے چھ خداصابُن ۔یہِ

**وَإِن تُبْدُواْ مَا فِیْ أَنفُسِکُمْ أَوْ تُخْفُوہُ یُحَاسِبْکُم بِہِ اللّہُ**

کینٛژھا تُہنٛد ٮ۪ن دِلن منٛز چھُ ۔تُہۍ کرِو تو سُہ نوّن یا تھاوِو تو کھٹِتھ پرٛتھ حالس منٛز ہیٚیو خداصآب توٕہہِ حساب۔

**فَیَغْفِرُ لِمَن یَشَاءُ وَیُعَذِّبُ مَن یَشَاءُ وَاللّہُ عَلَی کُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ (284)**

پَس سُہ چھُ صاحب اختیار،سُہ یس یژھہِ تس کرِ بخشأیش تہٕ یَس سُہ یژھہِ تس دِیہِ سزا۔تِمس چھُ پرٛتھ کُنہِ چیزس پیٹھ اختیار

**آمَنَ الرَّسُولُ بِمَا أُنزِلَ إِلَیْہِ مِن رَّبِّہِ وَالْمُؤْمِنُونَ**

(ٹاٹھی )رسولنؐ اوٚن ایمان تتھ پیٹھ یہِ کینٛژھا تسٕنٛدِس پالن ہار خداے ذوالجلال سٕنٛدِ طرفہٕ نازِل سپُد۔

**کُلٌّ آمَنَ بِاللّہِ وَمَلآئِکَتِہِ وَکُتُبِہِ وَرُسُلِہِ لاَ نُفَرِّقُ**

بیٚیہِ اوٚن ایمان (تہٕ کوٚ رُکھ وَ ژِھہِ وانٛجہٕ قبوٗل) بایمانو اتھ پٔژھ تٔمو سارِوٕ ے
اوٚن ایمانُ (عظمتہٕ وٲلِس لاشریک) خداصأبس، بیٚیہِ تِہنٛدٕن فرشتن، تہٕ بیٚیہِ
تِہنٛزن کتابن تہٕ رسوٗلن پٔژھ۔

بَیۡنَ أَحَدٍ مِّن رُّسُلِهِ

بیٚیہِ چِھنہٕ تِم فرق کران تِہنٛدٕن سوٗ زِ متیٚن رسولن منٛز

وَقَالُواْ سَمِعۡنَا وَأَطَعۡنَا غُفۡرَانَكَ رَبَّنَا وَإِلَيۡكَ الۡمَصِيرُ (285)

بیٚیہِ ووٚن تٔمو اِسی بوٗزتہٕ اَسی کوٚر قبوٗل تہٕ چھہٕ اطاعت کران (یہِ کیٚنژھاناٗزل
آو کرنہٕ خداصأبنہِ طرفہٕ۔) اے سانہٕ (عظمتہٕ والہِ) پالن ہار پاک خدایہٕ اَسہِ
کرتہٕ بخشاٗیِش تہٕ مغفرت۔ بیٚیہِ چھُ اَسہِ ژےٚ کُن واپس یُن

لَا يُكَلِّفُ اللّهُ نَفۡساً إِلاَّ وُسۡعَهَا لَهَا مَا كَسَبَتۡ
وَعَلَيۡهَا مَا اكۡتَسَبَتۡ

(عظمتہٕ وول) خداصأب چھُنہٕ کُنہِ زُوس پٔژھ تیوٚت بارتراوان یُس نہٕ سُہ
تُلِتھ ہیٚکہِ۔ پرٛتھ کانٛسہِ انسانن یِہ یٔنژھا کموو یعنی عمل کٔرِن تمُیک جزا یا سزا
میلہِ تس (اگر تٔمی رُت کوٚر تہٕ تٔمِس میلہِ رُت جزا، تہٕ اگر تٔمی برٕ آسہِ کوٚر مُت
تمُیک سزا چھُ تس تُلن)۔

رَبَّنَا لاَ تُؤَاخِذۡنَا إِن نَّسِينَا أَوۡ أَخۡطَأۡنَا رَبَّنَا

(اے ایمان والوٗ ژِو) اے سانہٕ رٹِھن والہ تھدِ تہٕ بٔڑ خودایہٕ اَسہِ اگر مشرف
گوٚ ویا وشفن گوٚ وقصوٗ رتٔتھ پٔژھ متہٕ رٹھ تہٕ اَسہِ

وَلاَ تَحْمِلْ عَلَيْنَا إِصْراً كَمَا حَمَلْتَهُ عَلَى الَّذِيْنَ مِن قَبْلِنَا

اے سانہِ پالنہار (مُنز ہ تہِ پاک ) خودایہ اَسہِ پیٹھ متہِ تر او تہِ سُہ بوٗر (عبادتُک تہِ ذمہِ دارِیَن ہُنْد ) یُس ژےٚ تِمَن لوٗکن پیٹھ ترووُتھ یم اَسہِ بروٗنٹھہٕ آسی۔

رَبَّنَا وَلاَ تُحَمِّلْنَا مَا لاَ طَاقَةَ لَنَا بِهِ

اے سانہِ پالنہار(مُنز ہ تہِ پاک )خودایہ اسہِ متہِ تراوتہِ سہٕ بوٗر یُس ہیکہِ تُلنُک اَسہِ سارتہِ بتُر چھُنہٕ

وَاعْفُ عَنَّا وَاغْفِرْ لَنَا

اَسہِ کرتہِ عفوٗ تہِ درگذر اَسہِ کرتہِ بخشائیش تہِ مغفرت، تہِ

وَارْحَمْنَا أَنتَ مَوْلاَنَا

اَسہِ پیٹھ کرتہِ رحم۔ ژٕ ے چھُکھ سون ماٚلِک تہِ آغہٕ۔ اَسہِ کرتہِ فتح

فَانصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكَافِرِيْنَ (286)

تہِ نُصرت عطا کافرن پیٹھ۔

## ﴿سورہ الناس﴾

یہِ چھُ سورہ شریف مکی۔ اکھ رکوع۔ ٦ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْمِ

شروع چھُس کران خداصاٚبنہِ پاک ناوٕ ستی یُس سیٹھاہ مہربان تہِ رحم کرن

وول چھ۔

قُلۡ أَعُوذُ بِرَبِّ النَّاسِ (1)

پناہ چھُس منگان خداصأبس یُس تمام زُون زأژن ہُند پالن ہار

مَلِكِ النَّاسِ (2)

چھُ۔یُس لۄکن ہُند پۄز بادشاہ چھُ،

إِلَهِ النَّاسِ (3)

یُس لۄکن ہُند پۄز تہٕ برحق معبود چھُ۔(یَس ورأے کانٛہہ عبادتس لایق چھُنہٕ )

مِن شَرِّ الْوَسْوَاسِ الْخَنَّاسِ (4) الَّذِي يُوَسْوِسُ فِي صُدُورِ النَّاسِ (5)

وسوسہٕ تراون وألس تہٕ زاگہٕ روٗزِتھ حملہ کرن وألی سٕندِ شرٕ نِشہٕ

مِنَ الْجِنَّةِ وَ النَّاسِ (6)

(یعنی کَڈِی ہِتس شیطانس نِش )چاہے سُہ انسانو منٛزٕ آسہ تن یاجنو منٛزٕ ۔

# سورة الفلق

یہ سورہ شریف چھُ مکی۔اکھ رکوع۔۵آیاتِ مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوِ سٟتی یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

قُلْ أَعُوذُ بِرَبِّ الْفَلَقِ (1)

پناہ چھُس منگان صُبحِہ کس پأدِ کرن وأ لس تۂ پالن ہار خداصأبس

مِن شَرِّ مَا خَلَقَ (2)

ہَتمَن چیزن ہِنْدِ شرِ نِشہِ یم تمٔ پأدِ کٔری ۔

وَمِن شَرِّ غَاسِقٍ إِذَا وَقَبَ (3)

بیٚیہِ چھُس پناہ منگان اَنہِ گٹہِ کہ شرِ نِشہِ ییٚلہِ اَنہِ گوٚٹ گرٛھان چھُ ۔

وَمِن شَرِّ النَّفَّاثَاتِ فِي الْعُقَدِ (4)

بیٚیہِ سحرٔ گٔری ژٕن ہِنْدِ شرِ نِشہِ ییٚلہِ تِم گنڈ چھِ تراوان پٔنن تۂ تِمَن مأ تھر چھِ

وَمِن شَرِّ حَاسِدٍ إِذَا حَسَدَ (5)

دوان بیٚیہِ حسدٔ گٔری ہِنْدِ حسدِ نِشہِ ، ییٚلہِ سُہ حسد کرِ ۔

## ﴿سورة الاخلاص﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی ۔ اکھ رکوع ۔ ۴ آیاتِ مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تۂ رحم کرن

وول چھ

قُلْ هُوَ اللَّهُ أَحَدٌ (1)

(اے میٚانہِ ٹاٹھہِ ) فرماوِ ہٕز یِمَن سُہ خداصأب چھُ کُن تۂ یکتا (پننِس ذاتس

منز ،صفاتن منز ،اختیاراتن منز تہٕ حقن منز )

اللَّهُ الصَّمَدُ (2)

سُہ چھُ بے نیاز تہٕ لازوال

لَمْ يَلِدْ وَلَمْ يُولَدْ (3)

نَہ زاوتَس کانٛہہ تہٕ نَہ زاوسُہ کانٛسہ

وَلَمْ يَكُن لَّهُ كُفُواً أَحَدٌ (4)

تہٕ تس چھُنہٕ کانٛہہ ہمسر۔

# ﴿سورة اللهب﴾

## یہ سورہ شریف چھ مکی۔ اکھ رکوع ۵ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ سِتی یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

تَبَّتْ يَدَا أَبِى لَهَبٍ وَتَبَّ (1)

ابولہبَس پیٚین اتھہٕ ؤسر تہٕ سِپدِن ہلاک تہٕ برباد۔

مَا أَغْنَى عَنْهُ مَالُهُ وَمَا كَسَبَ (2)

تَس آونہٕ تیٚسندِ مال کُنہِ بکار۔ تہٕ نَہ تہِ یہِ کیٚنژھاسُہ کماوان اوس

سَيَصْلَى نَاراً ذَاتَ لَهَبٍ (3)

سبٹھاہ جلد ڈِمون سۂ تِتھس نارس منز دأ رِتھ یتھ بڑ کھووتھان

وَامْرَأَتُهُ حَمَّالَةَ الْحَطَبِ (4)

آسن، بیْیہ تسنز ہاژ گرِ تہٕ عأبَتھ تہٕ غأبَتھ کرَن واجینٛز آشنِ یُس گٔنڈِی زُیٛن
اُس کلس پپٹھ ساران تمی سنزِ گردنہٕ منز چھِ وُٹھ رَ زخضرِ دیلیٖن ہنز

# ﴿سورة النصر﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مدنی اکھ رکوع ۳ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيم

شروع چھُس کران خدا صأبنہِ پاک ناوٕ سِتی یُس سبٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن
وول چھ۔

إِذَا جَاء نَصْرُ اللَّهِ وَالْفَتْحُ (1)

(اے میانہِ ٹاٹھہ نٔبیہ) ییلہِ خوداِیہ بزرگ وبرتر سُنٛد مدد اِیہ، تہٕ

وَرَأَيْتَ النَّاسَ يَدْخُلُونَ فِي دِينِ اللَّهِ أَفْوَاجاً (2)

تو ہہِ گژھہِ فتح نصیب۔ بیْیہ ییلہِ تُہی وُچھو زِ لُکھ چھِ چھوکو چھوکو دینِ حقس منز
دأخل سپدان

فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ

تہٕ کُرِو پننِس پالنہار خوداِیہ قدؤس سنز تسبیح تہٕ تعریف۔ بیْیہ کُرِو توبہ

وَاسْتَغْفِرْهُ إِنَّهُ كَانَ تَوَّاباً (3)

استغفارتہٕ منگو مغفرت تہٕ بخشایش۔بے شک چھُ سُہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ توبہٕ قبوٗل کرن وول

## ﴿سورة الکافرون﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی۔اکھ رکوع۔٦ آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستی یُس سبٕھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

قُلۡ يَا أَيُّهَا الۡكَافِرُونَ (1)

فرمأوِو(اے میٚانہِ ٹاٹھہِ رسوٗلہٕ)اے پزرِ نشہِ انکارکرن والو

لَا أَعۡبُدُ مَا تَعۡبُدُونَ (2)

(کأفرٕو)،بہٕ چھُس نہٕ تمن معبوٗدن ہنٛز عبادت کران،یِہنٛز تُہۍ

وَلَا أَنتُمۡ عَابِدُونَ مَا أَعۡبُدُ (3)

عبادت چھِوٕ کران۔نہٕ کرِو تُہۍ(تس پزِس)خوداےہٕ سنٛز عبادت

وَلَا أَنَا عَابِدٌ مَّا عَبَدتُّمۡ (4)

یَسنٛز بہٕ عبادت چھُس کران۔نہٕ چھُس بہٕ تِہنٛز عبادت کرن وول

وَلَا أَنتُمۡ عَابِدُونَ مَا أَعۡبُدُ (5)

یِہنٛز تُہۍ عبادت چھِوٕ کران

لَكُمْ دِيْنُكُمْ وَلِيَ دِيْنِ (6)

تُہنڈِ خاطرِ چھُ تُہنڈ دین تہٕ میانہِ خاطرِ چھُ میٛون دین

## ﴿سورة الكوثر﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی ۔ اکھ رکوع ۔ ٣ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصاٲبنہِ پاک ناوٕ ستیٚ یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

إِنَّا أَعْطَيْنَاكَ الْكَوْثَرَ (1)

(اے میانہِ ٹاٹھہِ ) اَسہِ کوٚر توہہِ کوثر (یعنی خیرِ کثیر تہٕ حوض کوثر عطا)

فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ (2)

پس پٔرِو پننس پالنہار خوداییہ قدوٗس سِنٛدِ خاطرٕ نماز ،بیٚیہِ کٔرِو

إِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْأَبْتَرُ (3)

قو ربانی ۔ بے شک تُہنڈ دشمن گوٚو بے نام ونشان تہٕ مُوٗلو روس

## ﴿سورة الماعون﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی ۔ اکھ رکوع ۔ ٧ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ ستی یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

أَرَأَيْتَ الَّذِىْ يُكَذِّبُ بِالدِّيْنِ (1)

(اے میٲنہٕ ٹاٹھہِ رسوٗلہٕ ) کیٛاحض تُہۍ وُچھوٕ ناسہٕ یُس روز جزاہس انکارچھُ کران ۔(تہٕ اَتھ چھُ اَپُز زانان )

فَذَلِكَ الَّذِىْ يَدُعُّ الْيَتِيْمَ (2)

یہِ چھُ سُے یُس یتیٖمَن دَکہٕ چھُ لایان

وَلَا يَحُضُّ عَلَى طَعَامِ الْمِسْكِيْنِ (3)

بێیہِ چھُنہٕ ننٛن تہٕ چھونٛن کھیٛاونہٕ تہٕ چاونہٕ خاطرٕ ونان

فَوَيْلٌ لِّلْمُصَلِّيْنَ (4)

پس آسِن افسوٗس تہٕ تباہی تِمَن نمازٕن

الَّذِيْنَ هُمْ عَن صَلَاتِهِمْ سَاهُوْنَ (5)

یِم نمازِٕنژ بێ قدری چھِ کران

الَّذِيْنَ هُمْ يُرَاؤُوْنَ (6)

تہٕ لوٗکن ہاونہٕ خاطرٕ چھِ نماز پران

وَيَمْنَعُوْنَ الْمَاعُوْنَ (7)

تہٕ ضرورتکی لوٕکٕٹ موٕکٕٹ چیز تہِ چھِنہٕ ضرورت مندن دِوان

## ﴿سورة القریش﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع ،۴ر آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھ

لِإِيۡلَافِ قُرَيۡشٍ (1) إِيۡلَافِهِمۡ رِحۡلَةَ الشِّتَاء وَالصَّيۡفِ (2)

قریشن گیہِ (لطفہٕ تہٕ آرامہٕ سان) ہأل سفرٕ چی وَنٛدس تہٕ رہتہٕ

فَلۡيَعۡبُدُوا رَبَّ هَذَا الۡبَيۡتِ (3)

کأرِس ۔لہٰذا پزِ تِمن ییٚمہِ عظیم گرِ کِس (یعنی خانہ کعبہٕ) عظمتہٕ وأرِس خوداے قدوٗس سنٛز عبادت کرٕنۍ

الَّذِئ أَطۡعَمَهُم مِّن جُوعٍ وَآمَنَهُم مِّنۡ خَوۡفٍ (4)

یمۍ تِم بوچھہِ ہوٚت روزنہٕ نِش محفوظ تھأوی ۔تہٕ کھٕین چِین کوٚ رنکھ عطا۔ بیٚیہٕ تھأوِن محفوٗظ تہٕ کوٚ رنکھ امن عطا

## ﴿سورة الفیل﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع۔۵ آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٕٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھ

أَلَمْ تَرَ كَيْفَ فَعَلَ رَبُّكَ بِأَصْحَابِ الْفِيلِ (1)

کیٛاہ تۆہہِ وُچھوٕنا، کیٛاہ کۆر تُہٕنٛدی پالنہار عظمتہٕ وألی خوداین ہأتھی

أَلَمْ يَجْعَلْ كَيْدَهُمْ فِي تَضْلِيلٍ (2)

واللین ستۍ ۔ کیٛاہ تمہٕ کٔرنا تہٕنٛز چال تہٕ منصوٗبہٕ ہایہِ بۆزی

وَأَرْسَلَ عَلَيْهِمْ طَيْرًا أَبَابِيلَ (3)

تہِ تمَن پیٹھ سوزِن وٕڈٕنی جاناوارن (کٔتۍ جَن) ہٕنٛزِ چھوکہٕ،

تَرْمِيهِم بِحِجَارَةٍ مِّن سِجِّيلٍ (4)

یِمہٕ تمَن پیٹھ میٛژِ ہٕنٛدی نِکۍ نِکۍ پیٛیہٕ مٕتۍ پھٔلۍ تراوان أس

فَجَعَلَهُمْ كَعَصْفٍ مَّأْكُولٍ (5)

پس کۆرُن تِہُنٛد حال ژۄپہِ مُت کۆش ہیٛوٗ (یعنے تِہُنٛد نام ونشان گوٚلُن)

# ﴿ سورة الهمزه ﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی، اکھ رکوع ۹ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٕٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

وَيۡلٌ لِّكُلِّ هُمَزَةٍ لُّمَزَةٍ (1)

وأل تہٕ تباہی أسن پرٛتھ پامہٕ دِنہٕ وأ لس تہٕ عأبتھ غأبتھ کرن

الَّذِیۡ جَمَعَ مَالاً وَعَدَّدَہٗ (2)

وأ لِس (یٚیہِ تَس) ییٚمی مال سۆنبرووتہٕ تھووُن گٔنزری گٔنزری تہٕ تھہ

یَحۡسَبُ أَنَّ مَالَہٗ أَخۡلَدَہٗ (3)

گٔری گٔری ۔تَس چھُ یہِ گمان زِیہِ مال دِیہِ تَس پوشن پاے۔

کَلَّا لَیُنبَذَنَّ فِیۡ الۡحُطَمَةِ (4)

تہِ سپدِ نہٕ ہرگزتہِ ۔سُہ دِمون أسی حُطَمَس منٛز دأ رِتھ

وَمَا أَدۡرَاکَ مَا الۡحُطَمَةُ (5)

تُہی چھیٚو اخبر حطمہٕ کیٛاہ چھ

نَارُ اللَّہِ الۡمُوقَدَةُ (6)

قوٗدرت والس خوٗدایہِ قدوٗس سُنٛد زولُمت سُہ ریٚہہ دار برٛکھ کرٕوُن

الَّتِیۡ تَطَّلِعُ عَلَی الۡأَفۡئِدَةِ (7)

نار، یُس دِلن منٛز وسہِ یقیناًیِن تِم تتھی نارس منٛز بند کرنہٕ ییٚتہِ نہٕ

إِنَّهَا عَلَیۡهِم مُّؤۡصَدَةٌ (8)

کانٛہہ موٗکلن پاے آسہِ تہٕ نہٕ آسہِ کانٛہہ نیرٕنچ وَتھ ۔تِم آسن گٔنٛڈِتھ

فِیۡ عَمَدٍ مُّمَدَّدَةٍ (9)

تھاونہٕ آمتی ۔نارِکیٚن زِ اٛٹھن تہٕ تھدٚن تھمَن ستی

## ﴿سورة العصر﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع ۳ آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِیۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستیٖ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

وَالۡعَصۡرِ (1)

زمانچ ذٕرے

إِنَّ الۡإِنسَانَ لَفِیۡ خُسۡرٍ (2)

پٔزی پأٹھی چھُ انسان خسارس منٛز

إِلَّا الَّذِیۡنَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ

مگر تِمو انسانَو ورأے، یِمَو ایمان اوٚن تہٕ کرکھ رٕژ عملہٕ، بیٚیہٕ کٔرکھ

وَتَوَاصَوۡا بِالۡحَقِّ وَتَوَاصَوۡا بِالصَّبۡرِ (3)

اکھأکس پزِ ہِچ وٕصیت تہٕ صبرٕچ تلقین

## ﴿سورة التکاثر﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی، اکھ رکوع ۹ آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِیۡم

شروع چھُس کران خدا صآبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

أَلْهَاكُمُ التَّكَاثُرُ (1)

تُہۍ تھاؤنو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مال سۆمبراونکۍ طمعہٕ ہن غفلتس منٛز

حَتَّى زُرْتُمُ الْمَقَابِرَ (2)

توہہِ گۆو آخرت مُشتھ ۔ یۆت تام زِتُہۍ واتِو قبرِ بُٹھِس پیٹھ

كَلَّا سَوْفَ تَعْلَمُونَ (3)

بے شک سٹھاہ جلد لگِو توٚہہِ پَے تہٕ پتہٕ

ثُمَّ كَلَّا سَوْفَ تَعْلَمُونَ (4)

بێیہِ بۆزِو، سٹھاہ جلد لگێو توہہِ پَے تہٕ پتہٕ

كَلَّا لَوْ تَعْلَمُونَ عِلْمَ الْيَقِينِ (5)

اگر تُہی سکہٕ (یقینی) علم آسہِ ہێو زِ اَمہِ ورتاوُک انجام کیا چھُ ،

لَتَرَوُنَّ الْجَحِيمَ (6)

تێلہِ آسہِ ہێونہٕ توہہِ ما لُک ہوَس ۔ یقیناً وچھو تُہۍ دوزخُن نار

ثُمَّ لَتَرَوُنَّهَا عَيْنَ الْيَقِينِ (7)

بێیہِ بۆزِو، یقیناً وُچھو تُہۍ دوزخُن نار ۔ تَو پتہٕ پیو تُہۍ ضرور تہٕ ضرور

ثُمَّ لَتُسْأَلُنَّ يَوْمَئِذٍ عَنِ النَّعِيمِ (8)

اَمہِ دۄہہ اِمن نعمژن متلق پرٕ ژھہِ گاٗر کرنہٕ (یمہٕ توہہِ عطا آسہٕ کرنہٕ آمژٕ )

# ﴿سورۃ القارعه﴾

## چھُ سورہ شریف مکی، اکھ رکوع، ۱۱ آیات کریمہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ ستی یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

الۡقَارِعَةُ (1)

دِلس وُ ترٕبُنیل کرن وول تہٕ بےانتہا کرکھو تہٕ خوفہٕ ستی ٹاسہٕ رارٕے

مَا الۡقَارِعَةُ (2)

تُلن وول حأدِثہٕ۔ توہہٕ چھُوا پتاہ سُہ کیاہ چھُ۔

وَمَا أَدۡرَاكَ مَا الۡقَارِعَةُ (3)

تُہۍ زأنۍ واسُہ ٹاسہٕ رارٕے تُلن وول کیاہ چھُ

يَوۡمَ يَكُونُ النَّاسُ كَالۡفَرَاشِ الۡمَبۡثُوثِ (4)

سُہ دوہ ییٚمہٕ دوہ لُکھ آسن پنہٕ پوپُر بن ہٕنٛدی پأٹھی چھکرِتھ تہٕ

وَتَكُونُ الۡجِبَالُ كَالۡعِهۡنِ الۡمَنفُوشِ (5)

بال آسن رنگ برنگی دوٗنٕ ہتی یرِ کی پأٹھی

فَأَمَّا مَن ثَقُلَتۡ مَوَازِينُهُ (6)

پس یسٕنٛز ن (رٕژن عملن) ہُنٛد پوٗتُر گوٚب آسہِ سُہ آسہِ دِلس خوش کرٕنس لطفس تہٕ آرامس منٛز

وَأَمَّا مَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهُ (8)

تہٕ یِسنٛزن عملن ہُنٛد پوٚتُر لوٚت (ہلکہٕ) آسہِ تِسنٛدِ روزِنٕچ جاے آسہِ

فَأُمُّهُ هَاوِيَةٌ (9)

تہٕ یِسنٛزن عملن ہُنٛد پوٚتُر لوٚت (ہلکہٕ) آسہِ تِسنٛدِ روزِنٕچ جاے آسہِ سُہ سنی نارجی

وَمَا أَدْرَاكَ مَا هِيَهْ (10)

توٚہہِ چھَوا خبر سُہ سنٛز نار جی کیٛاہ چھہِ

نَارٌ حَامِيَةٌ (11)

دوزخُن وُہہ وُن ناریتھ ریٛہہ آسہِ ووتھان

# ﴿سورة والعٰديات﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی، اکھ رکوع ۱۱ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ ستیٚ یُس سبٕھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

وَالْعَادِيَاتِ ضَبْحاً (1)

تمَن تر بچھ تر بچھ کرن والین تہٕ تیز دورن والین پھر بکہِ لدگرٕن

فَالْمُورِيَاتِ قَدْحاً (2)

ہِنز دٕرے یَمن ہِندی پڈٕ رتنٕہِ چھِ ٹُلان،

فَالْمُغِيْرَاتِ صُبْحاً (3)

تہٕ صُبحاۓ سُلی چھِ چھاپہٕ تراوان،

فَأَثَرْنَ بِهِ نَقْعاً (4)

تہٕ اَمہِ ساعتہٕ چھِ حدِ روس گرد ٹُلان

فَوَسَطْنَ بِهِ جَمْعاً (5)

تہٕ امہِ ساعتہٕ چھِ (دشمن فوجہِ کِس) جمہٕ گٔنٛس منز اژان

إِنَّ الْإِنسَانَ لِرَبِّهِ لَكَنُودٌ (6)

پَزر چھُ یہِ زِ انسان چھُ خوداىہِ کریمہٕ سُنٛد سبٹھاہ ناشکری کرن وول

وَإِنَّهُ عَلَى ذَلِكَ لَشَهِيْدٌ (7)

تہٕ یقیناً چھُ اتھ کتھہِ سٕہ پانٕے گواہ

وَإِنَّهُ لِحُبِّ الْخَيْرِ لَشَدِيْدٌ (8)

بیٛیہِ چھُ سُہ مال تہٕ دولت کِس حِرصس منز وَلنہٕ آمُت

أَفَلَا يَعْلَمُ إِذَا بُعْثِرَ مَا فِيْ الْقُبُورِ (9)

کیاہ سُہ چھُنا زانان تَتھ وقتس ییٛلہِ قبرٕ ومنزٕ تہٕ سورُے کینٛژھا کڈنہٕ

وَحُصِّلَ مَا فِيْ الصُّدُورِ (10)

ییٛیہِ - ییٛہِ تِمَن منز دفن آسہِ یعنی مورِدٕ تہٕ ییٛہِ کینٛژھا دِلن منز ژورِ آسہِ تہٕ ییٛیہِ نۄن کڈنہٕ

إِنَّ رَبَّهُم بِهِمْ يَوْمَئِذٍ لَّخَبِيرٌ (11)

پُزی پأٹھی چھُ یہُند پالن ہارخوداے کریم تمہِ دوہہ یہنز وعملوتہٕ حالژ ونشہِ پۆرِ
پۆروأقف۔

# ﴿سورة الزلزال﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی اکھ رکوع ۸ آیات کریمہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستی یُس سبٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن
وول چھُ

إِذَا زُلْزِلَتِ الْأَرْضُ زِلْزَالَهَا (1)

ییلہِ زمینس بُنیل ییہِ کرنہٕ تہٕ سبٹھاہ زورٕ سان اَژیس تھرٕ (ییہِ ہلہٕ ناونہٕ ییہِ تہٕ
سورُے ییہِ تہس نہس کرنہٕ )

وَأَخْرَجَتِ الْأَرْضُ أَثْقَالَهَا (2)

بیٚیہِ دِیہِ زمین پنُن سورُے بورنبرِ دأرِتھ (یہ کینٛژھاتتھ منز آسہِ )

وَقَالَ الْإِنسَانُ مَا لَهَا (3)

تہٕ انسان وَنہِ اتھ کیاہ سپُد۔

يَوْمَئِذٍ تُحَدِّثُ أَخْبَارَهَا 4)

تمہِ دوہہ وَنہِ زمین تہٕ سورُے یہ کینٛژھاتتھ پٮ۪ٹھ سپُد

بِأَنَّ رَبَّكَ أَوْحَى لَهَا (5)

تِکیاِ زِ تِمُیک حکم آسہِ تَس تُہنٛد خوداین قدوٗس دُیتمُت

**يَوْمَئِذٍ يَصْدُرُ النَّاسُ أَشْتَاتاً لِّيُرَوْا أَعْمَالَهُمْ (6)**

تَمہِ دۄہ ہیٚ نیرن لۄکھ چھو کوچھو کو عجیب حالن منٛز تا کہ تِہنٛز عملہٕ ییٚن تِمَن ہاوَنہٕ

**فَمَن يَعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ خَيْراً يَرَهُ (7)**

تہٕ ییٚمی اکس زرس برابر تہٕ رٕ ژر آسہِ کوٚرمُت سُہ وُچھِ تتھ

**وَمَن يَعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ شَرّاً يَرَهُ (8)**

تہٕ ییٚمی اکس زرس برابر تہِ بٔدی یا پچھ کأم آسہِ کٔرمٕژ سُہ وُچھِ تتھ

## ﴿سورة البينه﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی، اکھ رکوع ۸ آیات مبارکہ

**بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم**

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ سٍتؠ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

**لَمْ يَكُنِ الَّذِيْنَ كَفَرُوا مِنْ أَهْلِ الْكِتَابِ**

**وَالْمُشْرِكِيْنَ مُنفَكِّيْنَ حَتَّى**

اہل کتاب (یعنے یہود تہٕ نصرأنی) تہٕ مُشرکو منٛز یِم لۄکھ پزٕرٕنِش منکرٕ ٲسی تِم

**تَأْتِيَهُمُ الْبَيِّنَةُ (1)**

ٲسی نہٕ کفرٕ نشہِ پتھ پھیرن وألی یوٚت تام نہٕ تِمَن بروٚنٛہہ کنہٕ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ

رَسُولٌ مِّنَ اللَّهِ يَتْلُو صُحُفاً مُّطَهَّرَةً (2)

ثبوٗت (پیغمبر) آسہِ ہے۔خداے کریمہٕ ہنٛد سوزمُت اکھ شیٛچھ اَنٛن وول

فِيهَا كُتُبٌ قَيِّمَةٌ (3)

(پیغمبر) یُس کتاب پران چھُ تہٕ یتھ منٛز تم آیژ لیکھتھ چھِ یمن منٛز کانٛہہ شک تہٕ شُبہٕ چھُنہٕ (یمن نہٕ کانٛہہ آب اٚژ)

وَمَا تَفَرَّقَ الَّذِينَ أُوتُوا الْكِتَابَ إِلَّا مِن بَعْدِ مَا جَاءتْهُمُ الْبَيِّنَةُ (4)

یقیناً گیہِ اہل کتاب تہٕ مشرِک چھلہٕ چھانگرِ واضح تہٕ نوٚن ثبوت یِنہٕ پتہٕ

وَمَا أُمِرُوا إِلَّا لِيَعْبُدُوا اللَّهَ مُخْلِصِينَ لَهُ الدِّينَ حُنَفَاء

تِمَن اوس نہٕ اَمہِ ورأے بیٛیہٕ کانٛہہ حکم دِنہٕ آمُت زِ تِم کرن صرف خداصأنٛز بندگی تہٕ عبادت یکسویی تہٕ صاف دلی سان

وَيُقِيمُوا الصَّلَاةَ وَيُؤْتُوا الزَّكَاةَ وَذَلِكَ دِينُ الْقَيِّمَةِ (5)

تہٕ تِمٕ سۍ کُن گژھن یکسویی سان متوجہ تہٕ نماز کرن قأیم تہٕ بیٛیہٕ دِن زکوٰۃ، یوٗ ہے چھُ پوٚز تہٕ ٹاکارٕ دین۔

إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا مِنْ أَهْلِ الْكِتَابِ وَالْمُشْرِكِينَ فِي نَارِ جَهَنَّمَ

بے شک یِموٗ لوٗکو، اہل کتابو تہٕ مشرکو منٛز یِژ رس انکار کوٚر تِم گژھن

خَالِدِينَ فِيهَا أُوْلَئِكَ هُمْ شَرُّ الْبَرِيَّةِ (6)

نارِ جہنمس منٛز تہٕ تِم روزَن ہمیشہ تتھی منٛز۔ یِمے لوٗکھ چھِ سارِوے کھوتہٕ بُرٕ تہٕ بِچھ مخلوٗق

إِنَّ الَّذِيْنَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ أُوْلَئِکَ هُمْ خَيْرُ الْبَرِيَّةِ (7)
يَمَو لۆکو نيک نيتى تۂ صاف دِلہٕ سان مون تۂ زون (پزر) تۂ ييٚہِ کربکھ رٕژ کامہِ تِمَے چھِ تمام پيدآيشہِ منٛز بہترين پيدآيش

جَزَاؤُهُمْ عِندَ رَبِّهِمْ جَنَّاتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِن تَحْتِهَا الْأَنْهَارُ
تِہُنٛد جزا چھُ تِہنٛدِس رچھن وأ‍لس خدائے کرِیمس نِشہِ ہمیشہ روزَن وألى باغ يَمَن بوٚنى لنٛز کولہٕ آسن وسان۔

خَالِدِيْنَ فِيْهَا أَبَداً
تِم روزن ہمیشہ ہمیشہ يَمَن باغن منٛز۔

رَّضِيَ اللَّهُ عَنْهُمْ وَرَضُوا عَنْهُ
خداصأب چھُ تِمَن رأضى تۂ تِم چھِ خداصأبس رأضى

ذَلِکَ لِمَنْ خَشِيَ رَبَّهُ (8)
يہ صِلہٕ تۂ انعام چھُ تِمِس عطا يِوان کرنہٕ يُس عظمتہٕ وأ‍لس خداصأبس کھوژان آسہِ۔

# ﴿سورة القدر﴾

## يہ سورہ شريف چھُ مکی اکھ رکوع ۵ آيات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم
شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستى يُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تۂ رحم کرن وول چھ

إِنَّا أَنزَلْنَاهُ فِي لَيْلَةِ الْقَدْرِ (1)

اَسی ٲسۍ یِہ (عظیم ہدایتہٕ تہٕ رحمتہٕ واجِنۍ) کتاب (یعنی قرآن کریم) شبِ قدرِ منٛز نٲزِل

وَمَا أَدْرَاكَ مَا لَيْلَةُ الْقَدْرِ (2)

توٚہہِ چھوا پَے شب قدرٕ کیٛاہ چھےٚ

لَيْلَةُ الْقَدْرِ خَيْرٌ مِّنْ أَلْفِ شَهْرٍ (3)

(یِہ بابرکت تہٕ عظمتہٕ واجِنۍ) شب قدر چھےٚ ساسہٕ رٮ۪تہٕ کھوتہٕ (یُتھ عملہٕ کرنہٕ یِنۍ) بہتر

تَنَزَّلُ الْمَلَائِكَةُ وَالرُّوحُ فِيهَا بِإِذْنِ رَبِّهِم مِّن كُلِّ أَمْرٍ (4)

اتھ راتھ منٛز چھِ فرشتہٕ تہٕ روح القدس (یعنی حضرت جبریلؑ) (زمینس پېٹھ) وسان۔ پننہٕ ربس پالنہار خوداین ہِنٛدِ اجازتہٕ ستی تمام معاملات تہٕ فٲصلہٕ ہٮ۪تھ

سَلَامٌ هِيَ حَتَّىٰ مَطْلَعِ الْفَجْرِ (5)

پرٕ ہتھ خٲرٕ برکت تہٕ رٕژ رتہٕ سلامتی ہٮ۪تھ۔ یِہ سٲرٕے راتھ چھےٚ سلامتی تہٕ اچھ راتھ صبحُک گاش پھولنس تام (یعنی تمام خٲرتہٕ برکت تہٕ سلامتی چھےٚ اَتھ سٲرٕسے راتس نٲزل گژھان تہٕ وٕلتھ آسان)

## ﴿سورۃالعلق﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع۔ ۱۹ آیات مبارکہ

بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡم

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

اِقۡرَاۡ بِاسۡمِ رَبِّکَ الَّذِىۡ خَلَقَ (1)

(اے میانہٕ ٹاٹھہٕ محبوٗب رسوٗلہٕ ﷺ) پٕر و پنٕنِس عظمتہٕ وأ لس پالنہار (رحم کرن وأ لس خوٗدایہ) سٕندِ پاک ناوٕ ستۍ ییٚمۍ سورُے کینٛژھا پأدٕ کوٚر

خَلَقَ الۡاِنۡسَانَ مِنۡ عَلَقٍ (2)

ییٚمۍ انسان کوٚر پأدٕ اکہِ مومٕ لی لگہِ مِتہِ خوٗنہٕ پیٚنتہِ ستۍ

اقۡرَاۡ وَرَبُّکَ الۡاَکۡرَمُ (3)

پٕرِ وحض پنٕنِس تھدِ شانہٕ وأ لِس خداصأبنہٕ ناوٕ ستۍ۔ تٕہُند رچھُن وول چھُ آنتھہٕ روس کرم کرن وول۔

الَّذِىۡ عَلَّمَ بِالۡقَلَمِ (4)

یمۍ ہیٚچھنو وانسان علِم قلمہٕ ستۍ (یعنی لیٚکھُن پرُن)

عَلَّمَ الۡاِنۡسَانَ مَا لَمۡ يَعۡلَمۡ (5)

تٔمۍ ہیٚچھنو وانسان تہٕ ییٚہ سُہ زانان نی اوس

كَلَّاۤ اِنَّ الۡاِنۡسَانَ لَيَطۡغٰٓى (6)

یقیناًچھُ انسان سرکش تہٕ باغی گومُت

أَن رَّآهُ اسْتَغْنَى (7)

سُہ چھُ زانان زِ سُہ چھُنہٕ کانٛسہِ ہُنٛد موحتاج تہٕ دستِ نگر

إِنَّ إِلَى رَبِّكَ الرُّجْعَى (8)

یقیناًچھُو سارِنٕے واپس واتُن پننِس عظمتہٕ وألِس خدایَس نِش

أَرَأَيْتَ الَّذِي يَنْهَى (9)

توہی وُچھوَن حَض سُہ بد بخت یُس ٹھا کھ چھُ کران خوداے

عَبْداً إِذَا صَلَّى (10)

قدؤس سِندِس بندَس ییٚلہِ سُہ نماز چھُ پران

أَرَأَيْتَ إِن كَانَ عَلَى الْهُدَى (11)

تلہٕ حَض وُچھِو اگر سُہ سیٚزِ وَتہِ پٹھ آسہِ ہے

أَوْ أَمَرَ بِالتَّقْوَى (12)

یائٕ ژرُک حکم دِنہٕ وول آسہِ ہے

أَرَأَيْتَ إِن كَذَّبَ وَتَوَلَّى (13)

تلہٕ حَض وُچھِو اگر تٔمی نکار کوٚر ریٚز رس تہٕ بُتھ پھِرُن ہور کُن

أَلَمْ يَعْلَمْ بِأَنَّ اللَّهَ يَرَى (14)

کیٛاہ تٔمی زون نا (تس چھُنا پے) زِ عظمتہٕ وول خدا چھُ وُچھان

كَلَّا لَئِن لَّمْ يَنتَهِ لَنَسْفَعاً بِالنَّاصِيَةِ (15)

یقیناً اگر سہُ اَمی رویہِ تۂ عملہِ نَش باز آونۂ اُسی دِمَوتَس کھکھِر۔ڈ بکۂ پیٹھِچ مس کھیٚش رٔٹتھ

نَاصِيَةٍ كَاذِبَةٍ خَاطِئَةٍ (16)

سُہ اپزیوٗ رتۂ نابکارتۂ سیاہ کار

فَلْيَدْعُ نَادِيَه (17)

پس گُرِن سُہ آلَو پننِہ جمأژ

سَنَدْعُ الزَّبَانِيَةَ (18)

أسی تۂ کرَ وآلَو پننِن سپہَن (یعنی عذاب دِنہٕ والین فرشتن) مَہ

كَلَّا لَا تُطِعْهُ وَاسْجُدْ وَاقْتَرِبْ ) (19)

مأنِو أمِس بدبخت ہنٛز کتھ تۂ وٕسِو سجدَس منٛز تۂ گُرِو عبادت تۂ گُرِو پننِس رچھَن وأرِس کریم خداصأبُن قُرب تۂ رضاحأصل

# سورة التين

یہ سورہ شریف چھُ مکی اکھ رکوع ۸ آیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ سٍتی یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تۂ رحم کرن وول چھُ۔

وَالتِّيْنِ وَالزَّيْتُونِ (1)

انجیر چۍ ڈٖرے، تہٖ زیتوٗنچۍ ڈٖرے،

وَطُورِ سِينِينَ (2)

تہٖ کوہِ طورِ سیناۓچۍ ڈٖرے

وَهَذَا الْبَلَدِ الْأَمِينِ (3)

تہٖ امی امنہٕ کہِ شہرٕ چ (یعنی مکہ معظمچی) ڈٖرے

لَقَدْ خَلَقْنَا الْإِنسَانَ فِي أَحْسَنِ تَقْوِيمٍ (4)

بےٚ شک کوٚ راسہِ انسان بہترین اندازس تہٖ صورژمنز پاۓد

ثُمَّ رَدَدْنَاهُ أَسْفَلَ سَافِلِينَ (5)

تہٖ پتہٕ وول سہ اَسہِ سبٹھاہ پُستی تہٖ ذلتس منز۔ کفر وشرک کرنہٕ کہ وجہ

إِلَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ فَلَهُمْ أَجْرٌ غَيْرُ مَمْنُونٍ (6)

مگر تمو انسانو ورأے، یمو ایمان اون تہٖ کرکھ رژٕ کامہِ۔ تہٕندِ خأطرٕ چھُ سہ اجر تہٖ انعام تھوومُت یُس نہٕ زانٛہہ سوری

فَمَا يُكَذِّبُكَ بَعْدُ بِالدِّينِ (7)

لہٰذا (اے انسانو) کیاہ زِچھوِ اَمہِ پتہٕ تہٖ تُہۍ روزِ جزاہس منکر سپدان

أَلَيْسَ اللَّهُ بِأَحْكَمِ الْحَاكِمِينَ (8)

کیاہ خداے قدوٗس چھُنا سارِوے کھوتہٕ تھوٚد تہٖ بوٚڈ حاکم (یسنٛزٕ کارفرمأیی تہٖ حکمس کانٛہہ ہیکہِ نہٕ پھِرتھ۔)

# ﴾سورة الانشراح﴿

## یہ سورہ شریف چھُ مکی، اکھ رکوع ۸/آیات مبارکہ

**بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِیۡم**

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستیٚ یُس سخٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

**أَلَمۡ نَشۡرَحۡ لَکَ صَدۡرَکَ (1)**

(اے میانہِ ٹاٹھہِ) کیٛاہ اَسہِ کٔرنا تُہٕندِس سینہٕ مبارکس کشادگی عطا

**وَوَضَعۡنَا عَنکَ وِزۡرَکَ (2)**

تہٕ وول ناسہٕ بوٚرتیٛمی تُہٕندِس پشت مبارکس ڈوکھٲ س کٔر

**الَّذِیۡ أَنقَضَ ظَهۡرَکَ (3)**

یمہٕ۔(یعنی یُس تُہٕندِ خأطرٕ تکلیف دیٛہہ اوس)

**وَرَفَعۡنَا لَکَ ذِکۡرَکَ (4)**

بیٛیہِ کوٚر نا اَسہِ تُہٕند ذِکر سخٹھاہ تھوٚد

**فَإِنَّ مَعَ الۡعُسۡرِ یُسۡراً (5)**

بے شک سختی تہٕ مشکلاتن ستیٚ چھُ آرام تہٕ آسانی۔

**إِنَّ مَعَ الۡعُسۡرِ یُسۡراً (6)**

بیٛ شک سختی تہٕ مشکلاتن ستیٚ چھُ آرام تہٕ آسانی۔

**فَإِذَا فَرَغۡتَ فَانصَبۡ (7)**

لہٰذا ییلہِ تُہۍ فارغ اَسو سپدان (تبلیغ نش) تمہِ پتہٕ گژھہِ مشغول

وَإِلَى رَبِّكَ فَارْغَبْ (8)

روزُن، تہٕ محنت کرِنۍ (عبادتس منز) تہٕ پننہِ نس پالن ہار خدائے خدائے قدؤسس کُن گژھہِ لَے لاگنۍ تہٕ تُسی کُن گژھہِ متوجہ روزُن

# ﴿سورة والضحىٰ﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی اکھ رکوع ۱۱ آیات کریمہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سیٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

وَالضُّحَى (1)

صُبحچہِ پر وِہنز ذٕرے،

وَاللَّيْلِ إِذَا سَجَى (2)

ییہِ راتہٕ ژہنز ذٕرے۔ ییلہِ سُہ اَنہٕ گوٹ چھِ کران

مَا وَدَّعَكَ رَبُّكَ وَمَا قَلَى (3)

(اے میٲنہِ ٹاٹھہِ) نہٕ چھُ ترأ وِونُو تُہۍ پننۍ رچھن وألی عظمتہٕ وألی خوداین تہٕ نہٕ چھُ سُہ تُہہِ روٗشتھ۔

وَلَلْآخِرَةُ خَيْرٌ لَّكَ مِنَ الْأُولَى (4)

بیہ چھُ بیشک آخرت تُہنٛدِ خاطرٕ یێمہِ دنیا کھوتہٕ سٮ۪ٹھاہ بہتر

وَلَسَوْفَ يُعْطِيكَ رَبُّكَ فَتَرْضَى (5)

سٮ۪ٹھاہ نزدیک چھُ سُہ وقت ییٚلہِ توہہِ پروردگارِ عالم تہٕ سورُے عطا کرِ ییٚمہِ
ستۍ تُہۍ خوش تہٕ رأضی سپدِو

أَلَمْ يَجِدْكَ يَتِيماً فَآوَى (6)

تُہۍ آسِو یتیم، کیٛاہ تٔمۍ کٔرنا توہہِ سٮ۪ٹھاہٕ ژ حفاظت تہٕ مُروت

وَوَجَدَكَ ضَالّاً فَهَدَى (7)

تُہۍ آسِو حأران تٔمۍ ہاو نا توہہِ سیٚز وَتھ۔(تہٕ کوٚر نَو سورُے عٕلم

وَوَجَدَكَ عَائِلاً فَأَغْنَى (8)

عطا۔) تُہۍ آسِو نٔنۍ تہٕ چھێنۍ۔تٔمۍ کٔری نونا مالا مال(تہٕ بےٚ نیاز مال

فَأَمَّا الْيَتِيمَ فَلَا تَقْهَرْ (9)

تہٕ دولت نِشہِ)۔پس گژھہِ نہٕ یتیمس پیٹھ ژ کھ گژھن

وَأَمَّا السَّائِلَ فَلَا تَنْهَرْ (10)

نہٕ گژھہِ نٔنس تہٕ چھنِٛس منگن وألس ہٕکہٕ کتھ کرٕنۍ،(ہزلہٕ کأری

وَأَمَّا بِنِعْمَةِ رَبِّكَ فَحَدِّثْ (11)

کرٕنۍ) نہٕ گژھہِ سُہ خألی کڈُن۔تہٕ پننِس رحیم تہٕ کریم پروردگارسٕنٛزن نعمژن
ہُنٛد ییٚمہٕ تٔمۍ توہہِ عطا کٔری گژھہِ مسلسل ذکر کرُن۔

# ﴿سورة واليل﴾

## یہ سورہ شریف چھُ مکی۔ اکھ رکوع ۲۱/آیات مبارکہ

**بِسۡمِ اللهِ الرَّحۡمنِ الرَّحِيۡم**

شروع چھُس کران خداصأبنہٕ پاک ناوٕ ستیٖ یُس سٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ۔

**وَاللَّيْلِ إِذَا يَغْشَى (1)**

رأژہنز دۄرِ ے ییٚلہِ سُہ سأری سےٚ ولان چھٕے (یعنی ییٚلہِ اَنہِ گوٚٹ گژھان)

**وَالنَّهَارِ إِذَا تَجَلَّى (2)**

بیٚیہِ دُہچ دۄرِ ے ییٚلہِ سُہ پھولان چھُ

**وَمَا خَلَقَ الذَّكَرَ وَالْأُنثَى (3)**

تہٕ تِمس عظمت وألی سنٛز دۄرِ ے تیٚمی نَر تہٕ مادٕ پأدٕ کٔری

**إِنَّ سَعْيَكُمْ لَشَتَّى (4)**

بے شک تُہنزٕ کوشِشہِ چھٕے مختلف نوعن ہنٛز (یعنے تُہۍ چھِوٕ مختلف طریقو کوشِشہِ کران)

**فَأَمَّا مَنْ أَعْطَى وَاتَّقَى (5)**

پس تیٚمی خودائے کریم سنٛزِ وَتہِ منٛز مال خرچوو تہٕ تَس کھوٗژ۔ تہٕ پچھ کاموٕ نِشہِ رو چھُن پٔنُن پان۔

**وَصَدَّقَ بِالْحُسْنَى (6)**

تہٕ ییٚمۍ رٕژرمون تہٕ زون

فَسَنُيَسِّرُهُ لِلْيُسْرَى (7)

تَس کرَوأسۍ (سیٚٹھاہ جلد) سہل تہٕ آسان

وَأَمَّا مَن بَخِلَ وَاسْتَغْنَى (8)

تہٕ ییٚمۍ بخیلی کٔر، خدایس نِش سپُد بےٚ پرواہ تہٕ روٗدُن ہوکُن، ییٚہ

وَكَذَّبَ بِالْحُسْنَى (9)

کوٚرُن رٕژرس انکار (تہٕ تتھ دوٗن اپُز)

فَسَنُيَسِّرُهُ لِلْعُسْرَى (10)

تَس کرَوأسۍ سیٚٹھاہ سختی (سٕہ تراوون أسۍ سیٚٹھاہ سختی منز)

وَمَا يُغْنِي عَنْهُ مَالُهُ إِذَا تَرَدَّى (11)

یقیناً تَس سُنٛد مال ییٚہِ نہٕ تَس کُنہِ بکار ییٚلہِ سُہ ہلاک گژھہِ یعنی جہنم کِس نارِ کھوڈس منز پیٚیہ

إِنَّ عَلَيْنَا لَلْهُدَى (12)

بےٚ شک وَتھ ہاوٕنۍ چھےٚ سأنۍ کأم

وَإِنَّ لَنَا لَلْآخِرَةَ وَالْأُولَى (13)

پوٚز چھُ ییٚہ زِ دوشوٕنۍ جہانن چھِ أسۍ مألِک

فَأَنذَرْتُكُمْ نَارًا تَلَظَّى (14)

پس کٔرۍ موےٚ تۄہۍ خبردار تمہِ نارِ نِشہِ یتھ ریٚہہ چھےٚ وۄتھان

لَا يَصْلَاهَا إِلَّا الْأَشْقَي (15)الَّذِیْ كَذَّبَ وَتَوَلَّى (16)

تتھ منٛز دَزِ صرف سُہ بد بخت ییٚمۍ پزِ نشہِ انکار کوٚر تہٕ اَمہِ نشہِ پھیوٚ رن بُتھ

وَسَيُجَنَّبُهَا الْأَتْقَى (17)

امی نارِ نشہِ ییہِ صرف سُہ محفوظ تھاونہٕ یُس خداصأبس سٮ۪ٹھاہ کھوژُن چھ

الَّذِیْ يُؤْتِیْ مَالَهُ يَتَزَكَّى (18)

تہٕ ییٚمۍ پٔنٕن مال تسٕنٛزِ وتہِ منٛز خرچوو۔ دِلہِ چہِ پاکیزگی تہٕ شوٚژرِ تہٕ گونہونشہِ پاک سپدنہٕ خأطرِ۔

وَمَا لِأَحَدٍ عِندَهُ مِن نِّعْمَةٍ تُجْزَى (19)

لتس پیٹھ چھُنہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد احسان۔ یتھ سُہ نکھہٕ والہِ ہے

إِلَّا ابْتِغَاء وَجْهِ رَبِّهِ الْأَعْلَى (20)

سُہ چھُ صرف پنہٕ نِس رچھن وأ لِس تھٔدِس تہٕ بٔڈِس خداصأبنٕ رضا حاصل کرنہٕ خأطرِ پٔنٕن مال خرچاوان

وَلَسَوْفَ يَرْضَى (21)

تہٕ یقیناً سپدِ سُہ لتس سٮ۪ٹھاہ جلد رأضی

## ﴿سورۃالنبا﴾

یہ سورہ شریف چھُ مکی، ۲رکوع ۴۰رآیات مبارکہ

بِسْمِ اللهِ الرَّحْمنِ الرَّحِيْم

شروع چھُس کران خداصأبنہِ پاک ناوٕ ستۍ یُس سٮ۪ٹھاہ مہربان تہٕ رحم کرن وول چھُ

عَمَّ يَتَسَاءلُونَ (1)

(اے میٛانہِ ٹاٹھِ )یم (پرٛزرس نکار کرن وأ لی ) کتھ متعلق چھِ اکھأ کِس

عَنِ النَّبَإِ الْعَظِيمِ (2)

پرژھان،تتھ بجہِ کتھہِ متعلق ہا

الَّذِي هُمْ فِيهِ مُخْتَلِفُونَ (3)

یتھ منٛز یمَن پانس اشکال تہٕ فی چھُ۔

كَلَّا سَيَعْلَمُونَ (4)

وُچھو یمَن گژھہِ سٮ۪ٹھاہ جلد مولوٗم (یہِ پرٛزر )وُچھِوٕ سٮ۪ٹھاہ جلد گژھہِ یہِ

ثُمَّ كَلَّا سَيَعْلَمُونَ (5)

حقیقت تہٕ پرٛزریمَن نوٚن تہٕ ٹاکارٕ

أَلَمْ نَجْعَلِ الْأَرْضَ مِهَاداً (6)

کیٛاہ اَسہِ بنأو نا زمین فرش

وَالْجِبَالَ أَوْتَاداً (7)

تہٕ پہاڑ بنأوی اتھ منٛز میخن (چِلَن )ہٕنٛدی

وَخَلَقْنَاكُمْ أَزْوَاجاً (8)

پأٹھی۔بیٚیہِ بنأوِونا اَسہِ تُہی جورٕ جورٕ،

وَجَعَلْنَا نَوْمَكُمْ سُبَاتاً (9)

ٻِيہِ بڻايوسين ننڊ رتھڪن خاطرِ آرام

وَجَعَلْنَا اللَّيْلَ لِبَاساً (10)

ٻِيہِ بڻايو اَسِہ رات پوشاڪ (پردي ڪرڻي)

وَجَعَلْنَا النَّهَارَ مَعَاشاً (11)

ٻِيہِ بڻيو ڏينهن روزي (ڳولهڻ ۽ لڀڻ) خاطرِ

وَبَنَيْنَا فَوْقَكُمْ سَبْعاً شِدَاداً (12)

ٻِيہِ بڻايوسين اَسِہ توهان مٿان ست مضبوط آسمان

وَجَعَلْنَا سِرَاجاً وَهَّاجاً (13)

ٻِيہِ بڻيو گهڻو تڪڙو ڳرم ڏيئو يعني آفتاب

وَأَنزَلْنَا مِنَ الْمُعْصِرَاتِ مَاء ثَجَّاجاً (14)

ٻِيہِ ڇڏيو اَسِہ آبِ برسات وير لنگو مڙ شرائي ڪرڻ رڌ

لِنُخْرِجَ بِهِ حَبّاً وَنَبَاتاً (15)

تاڪہ اَمہِ ڪڍيون ڪڍيو زمين مڙ سبزي ۽ فصل -

وَجَنَّاتٍ أَلْفَافاً (16)

ٻِيہِ پنهنجي ٿهر وسائي ولت ۽ رنگين گهڻي باغ

إِنَّ يَوْمَ الْفَصْلِ كَانَ مِيقَاتاً (17)

يقيناً ڇڙ فاصلڪ ڏينهن اڪ مقرر وقت

يَوْمَ يُنفَخُ فِيْ الصُّورِ فَتَأْتُونَ أَفْوَاجاً (18)

یٚیمہِ دوہہ صوٗر ؠییہِ وایہِ نہٕ ۔تہٕ تُہۍ ییِو چھوکو چھوکو۔

وَفُتِحَتِ السَّمَاء فَكَانَتْ أَبْوَاباً (19)

بٚییہِ ییہِ آسمان مُژراونہٕ تہٕ اتھ بنن درواز

وَسُيِّرَتِ الْجِبَالُ فَكَانَتْ سَرَاباً (20)

بٚییہِ ییِن بال نژناونہٕ تہٕ تِم گژھن سیٚکھ ہی۔

إِنَّ جَهَنَّمَ كَانَتْ مِرْصَاداً (21)

یقیناً چھُ دوزخ زاگہِ روٗزِتھ،

لِلْطَّاغِينَ مَآباً (22)

یہِ چھےٚ باغین ہنٛز جاے۔

لَابِثِينَ فِيهَا أَحْقَاباً (23)

تِم روزَن أتھی منٛز کہیاہ وقتس

لَّا يَذُوقُونَ فِيهَا بَرْداً وَلَا شَرَاباً (24)

اتھ منٛز آسہِ نہٕ کُنہٕ ترٛنیارُک احساس تہِ ،نہ چینہٕ خاطرٕ کانٛہہ شیٚہوٚل

إِلَّا حَمِيماً وَغَسَّاقاً (25)

چیزا،سواے گرٚکہٕ وُن آب تہٕ ڈوشہِ وُن پاکھ

جَزَاء وِفَاقاً (26)

تِہنٛدٮ۪ن کرتوتن ہُنٛد پوٗرِ پوٗر بدلہٕ

إِنَّهُمْ كَانُوا لَا يَرْجُونَ حِسَاباً (27)

یقیناً تِمَن اوس نہٕ اَمہِ کتھِ ہُنٛد توقع تہٕ خوف زِ حساب ییہِ ہینہٕ،

وَكَذَّبُوا بِآيَاتِنَا كِذَّاباً (28)

تِم أسی سانین آیتن اَپُز زأنتھ نکار کران،

وَكُلَّ شَيْءٍ أَحْصَيْنَاهُ كِتَاباً (29)

أسی چھُ پرٛتھ چیز صحیح صحیح لیٖکھمُت تہٕ گٔنٛزرأوِتھ تھوومُت، ووٚنی ژٕٹومِز

فَذُوقُوا فَلَن نَّزِيدَكُمْ إِلَّا عَذَاباً (30)

یقیناً أسی ہُر راووتو ہہِ عذاب

إِنَّ لِلْمُتَّقِينَ مَفَازاً (31)

یقیناً چھِ نیکوکارن ہِنٛدِ خاطرٕ سرخرویی تہٕ کامیأبی

حَدَائِقَ وَأَعْنَاباً (32)وَكَوَاعِبَ أَتْرَاباً (33)

باغ بیٚیہِ دَچھ۔ بیٚیہِ ہم عمر کھسہٕ ۄنی نوجوان کورِ

وَكَأْساً دِهَاقاً (34)

بیٚیہِ (شرابِ طہوٗرٕ سأتی لبالب) بٔرۍ بٔرۍ پیالہٕ، یِمَن راوان آسہِ

لَّا يَسْمَعُونَ فِيهَا لَغْواً وَلَا كِذَّاباً (35)

اَتہِ گژھِ نہٕ تِمَن کانٛہہ بےٚ ہوٗدٕ تہٕ اَپُز کتھ کنَن

جَزَاءً مِّن رَّبِّكَ عَطَاءً حِسَاباً (36)

یہِ چھُ تُہٕنٛدِس پالنہار عظمت وأٮ۪لس خدائے قدوٗس سُنٛد تو ہہِ انعام تہٕ

رَبِّ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ

بخشائیش یتھ منز کانھہ کی آسہِ نہٕ، سُہ چھُ رچھن وول

وَمَا بَيْنَهُمَا الرحْمَنِ

زمینک تہٕ آسمانن ہُند بیٚیہ یہ کینٛژھا تمن منز چھُ، سبٕٹھاہ مہربان تہٕ بخشن

لَايَمْلِكُونَ مِنهُ خِطَاباً (37)

ہارخداے کریم، ہتس بروٚنہہ کنہِ چھُنہٕ کانٛسہِ کتھ کرنٕچ قوورت تہِ سہَم (تہٕ نہ اختیار)

يَوْمَ يَقُومُ الرُّوحُ وَالْمَلَائِكَةُ صَفّاً لَّا يَتَكَلَّمُونَ

إِلَّا مَنْ أَذِنَ لَهُ الرحْمَنُ

یمِہ دوہہ روُح (یعنی جبریل امینؑ) تہٕ فرِشتہٕ آسن صفن منز اِستادٕ کانھہ ہیکہِ نہٕ کتھ کٔرتھ، سواے سُہ یَس سُہ مہربان تہٕ بخشن ہار خدا

وَقَالَ صَوَاباً (38)

اجازت عطا کرِ، تہٕ یُس ٹھیک کتھ کرِ

ذَلِكَ الْيَوْمُ الْحَقُّ فَمَن شَاء اتَّخَذَ إِلَى رَبِّهِ مَآباً (39)

یہ قیامتک دوہہ چھُ پزٕ دوہہ، لہٰذا یُس یژھہِ سُہ بیین پننہٕ نس پالن ہارس

إِنَّا أَنذَرْنَاكُمْ عَذَاباً قَرِيباً يَوْمَ يَنظُرُ الْمَرْءُ مَا قَدَّمَتْ يَدَاهُ

کُن رٔژٕ عملہٕ ستی یقیناً کھوژناوی تُہہ اسی تمہِ عذابہٕ نِش یُس سبٕٹھاہ جل یینہٕ وول چھُ یمِہ دوہہ بنی آدم تہٕ سورُے وُچھہِ، یہ کینٛژھا تمی پننہٕ نو اتھو

سوٗ زمُت آسہِ۔

**وَيَقُولُ الْكَافِرُ يَا لَيْتَنِي كُنتُ تُرَاباً (40)**

تہٕ کأفِر دِیہِ تَمہِ دوٚہہ کرِکھ تہٕ ونہِ، ہاے بہٕ آسہٕ ہامیٚژِ موٚنڈ رُے



معروف اسلامی فلسفی، شاعر، نقاد تہٕ تأریخ دان حیات عامر حسینی چھِ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی منٛز اسلأمی فلسفُک ووستاد۔ فلسفہٕ، اسلامیات، ادب تہٕ تنقید، تأریخ، اقبالیات تہٕ شأعری پیٹھ چھِ تہنٛز واریاہ کتابہٕ تہٕ مقالہٕ۔

تِم چھِ وٕنی کٕنٛس سیرت طیبہ، اسلأمی فلسفہ سیاسیات تہِ ادبی تنقیدس پیٹھ کأم کران۔ کشیرِ منٛز اسلامی تہذیب ہِکس بأنی حضرت میر سید علی ہمدأنؒ سندِس اسلامی مذہبی فلسفس پیٹھ تہند مقالہٕ The Religious Thought of Syed Ali Hamadani چھُ جدید اسلامی فلسَفس منٛز سٮ۪ٹھاہ اہم تصوٗر کرنہٕ یوان۔ تہنٛز ''اقبال اور مابعد التاریخ'' تہٕ ''نعت مرثیہ اور عرفان'' چھِ ادب تہٕ فلسفِکس دنیاہس منٛز سٮ۪ٹھاہ مشکل، بنیادی تہٕ نوورجحان ساز کتابہٕ مانٕنہٕ یوان۔

تِم چھِ فارسی، اُردو تہٕ کأشرس منٛز شأعری لیکھان۔ یُس دنیاکین اہم رِسالن منٛز شایع چھِ سپدان روزان۔